# PANIEN PANIEN GUNAH

## A Novel

By: Dr. Sohan Kaul

.......... ''أسی ہکَو نہٕ [illegible] ہہ تہٕ ییٚژ ھتھ۔ سُے چھُ [illegible]ے
زانان، سأرِے حِکمت [illegible] تمابع۔ تیٚمِس یَژھان چھُ [illegible]
پیٚٹھ چھُ پننۍ رحمت نأزل کرُان تہٕ ظأرلمن ہنٛدِ خأطرٕ چھُ بے شک
عذاب۔'' مجید صأبن کوٚر قرانِ شریف بند تہٕ تھووُن واپس
رِحلہِ پیٚٹھ۔ بِلکُل صاف چھِ اتھ منٛز یمن کتھَن ہنٛز ذِکر مگر سوال
چھُ بسِ اکھ زِ گونہگار کُس چھُ؟ مجید صأبس گوٚ واور کُن تہٕ خیال مگر
أستی پیٚیِس موج یاد۔ ''گونہگار چھُ واقعی سون مول۔'' یہِ سوٗنچتھ
کرِ تمۍ أچھ بند تہٕ ننٛد رِواتنوٚ خبر کتھ عالمس منٛز۔ یمن سوالن ہنٛدی
جواب ژھاران گوٚ وخ گُزران۔ دونٕوٕنی بھاین اوس انتظار زِ
اکہِ نتہٕ اکہِ دوہہ گژھہ دیٚتُمت وعدٕ ضرٗور پوٗرٕ۔ کُستام آدم ییہِ،
یُس تہنٛدِس مأرلس سزا دِیہِ تہٕ ماجہِ ظُلمہٕ نِش آزاد کرِ..........



Printed & Designed By:
Al Hussain Printers # 9419501129, 9596076141

# پنٕنۍ پنٕنۍ گونا

ناول

ڈاکٹر سوہن کول

☆ ناولہِ ہُند ناو : پٔنٛنۍ پٔنٛنۍ گوناہ

☆ مُصنِّف : ڈاکٹر سوہن کول

☆ کمپیوٹر کتابت: الحسین پرنٹرس، واتھورہ

9596076141

☆ تعداد : ۵۰۰

☆ چھاپ : الحسین پرنٹرس، واتھورہ

☆ چھپٕن ؤری : ۲۰۱۹ء

☆ مول : ۳۰۰ روپیہِ

☆ آرٹ : جاوید اقبال

☆ سرورق : الحسین پرنٹرس 9419501129

# پٔنٕز کتھ

گونہَن چُھنہٕ ویسے کاثہہ تہِ حد آسان، یِمتی کرِ تیتی چھِ جائز تِکیاز یہِ چُھنہٕ ضروٗری زِ یُس گوناہ کرِ، سزا تہِ پٔیہِ تٔسی تُلٕن ...... آخر زمانہٕ چُھنا، اتھ ناوس پٮ۪ٹھ چُھ کیٛاہ کیٛاہ سپدان تہٕ أسی تہِ چھِ واریاہ برداش کران۔ ویسے برداش کرنہٕ بغأرتہِ کوسہٕ وتھ چھےٚ اسہِ نٔش۔ سانہِ سارے وَتہٕ چھےٚ یاتہٕ سأئنی طالعیَن بند کرِ مژٕ نَتہٕ تِموٕ یم نہٕ یَژھان چھِ زِ تِموٕ علاوٕ چُھ بٮ۪یہِ تہِ کأنسہِ زِندٕ روزنُک حق ...... چلوِیی صحی، مگر اسہِ تہِ چُھ طے کوٚرمُت زِ أسی تہِ کرَوتی یہِ اسہِ صحی باسہِ۔ أسی تہِ روزَونہٕ ژھوپہٕ گٔرِتھ۔ کینٛہہ نَتہٕ کینٛہہ روزَو وَنان، چاہے کأنسہِ وَیہِ یانہٕ۔

ڈاکٹر سوہن کول

# اِنتساب

تِمن تمام گونہَن ہٕنٛدِ ناوٕ
یِم نہٕ اسہِ کٔری
مگر تِہنٛد سزا اچھِ أسی
وٕری یہِ وادَو پیٹھٕ تُلان۔



ڈاکٹر سوہن کول

# پٔنز پٔنز گوناہ

۲۲ جنوری اوس تٔہنزِ پھانسہِ ہُنٛد تاریخ طے، سرینگر سینٹرل جیلچہِ ۸ نمبر سبلہِ نبری اُس صُبحہٕ پیٹھے سبٹھاہ ووسہِ دڑٕ وسہِ، تہٕ سبلہِ اندر اوس رشیدٕ سبٹھاہ اطمینانہٕ سان قرآنِ شریف پران، تمی اوس یہِ سفر کرتام طے کۆرمُت، شاید تمی دوہن ییٚلہِ ہائی کورٹن تٔہنزِ پھاسہِ ہُنٛد سزا برقرار تھوومُت اوس۔ سُہ اوس وونی فقط یہِ کرٕ نز ہیتھ ۲۲ جنورِیس پڑاران تاکہ اتھ تہِ میلہِ کانٛہہ جاے، کانٛہہ مقام۔ تٔہنٛدِس بُتھِس پیٹھ اوس نہٕ کانٛہہ غم نہ کانٛہہ پریشأنی۔ رشیدٕ اوس وونی یِمو چیزو نِش سبٹھاہ دۄر دڑٕ امُت۔ ۸ نمبر سبلہِ منٛز زٕ ؤری گُزٲرِتھ اوس تس زندگی ہُنٛد اصل مقصد فکرِ تۄ رمُت۔

چلہٕ کلانکی اٰخری دوہ اٰسی چلان، ییٚمہِ ؤری یہِ دڑ او چلہٕ کلان ہو کھُے مگر سردی اُرن واریاہ۔ سردی کِنیٚ اٰس زن زندگی تھامہِ لُجمٕژ۔ مگر امہِ باوجوٗد تہِ یہِ وختس کرُن اوس تہِ اوس سپدان اکہِ طےکلینڈر حسابہٕ۔ نبری اٰس وونہِ واریاہ اَنہِ گٹہٕ، مگر امہِ باوجوٗد تہِ اٰسی أندی یِکی چین کوٹھربن ہنٛدی قِدی سُلی ؤتھی متی تاکہ رشیدس تڑ اوہن اٰخری نظر، تہٕ وُچھہن زِ پھاسہِ کھسنہِ وِزِ کیُتھ چھ انسان لبنہٕ یوان۔ یِمن کوٹھربن منٛز تہِ اٰسی کینٛہہ قِدی پنٕنِس پنٕنِس دوہس پڑاران۔ مرنس پڑارُن کوتاہ تکلیف

دہ چُھ ، اِچھ باوتھ ہیکہِ ہے بس رشیدٕ کرِتھ مگر رشیدن اَس ووٕنی خاموشی اختیار کرمٕژ۔ پانس سِتی آسہِ ہے سُہ واریاہ کتھہٕ کران مگر پَے اوسنہٕ لگان زِ کوسہٕ کتھ چھُ پانس پرٕژھان تہٕ کُس سوال چھُ سُہ پانس کران۔ بہر حال اوس سُہ وُنکنبس اَخری لٹہِ قرانِ شریف پران تہٕ شاید سے سوٕرٕ یتھ منٛز یہِ درج چُھ زِ سُہ اِنسان چھُ ہمیشہِ خسارس منٛز یمی نہٕ ایمان اوٗن تہٕ شایدٕ آسہِ ہے رشیدٕ زندگی ہنٛدبن اَخری ژِہبن منٛز پننس ایمانس سام ہوان۔ اَتھی ستی گوٚ وسیٚلہِ ہُنٛد ششترٕ دروازٕ ٹاس کرِتھ یلہٕ تہٕ پُلسہٕ والین دون ستی ژاوٕ ترِ گٹکار تہِ اندر۔ رشیدن دِژ پُلسہٕ والین کُن نظر۔ گاش کم آسنہٕ کنی اَسی نہٕ تہنٛدی بُتھی صاف پٲٹھی کینٛہہ اتھِ یوان۔ رشیدس زن پھیر بُتھِس پیٹھ اکھ مسرت، تس باسیوٚ وز، توہنٛد انتظار ہیوٚتُن ختم گژھن، توہنٛد عذاب ہیوٚتُن موکلُن۔ تمی کوٚر قرانِ شریف بند، اَچھن ستی لوٗگن تہٕ رِحلہِ پیٹھ تھاَوِتھ ووٗتھ تھوٚد۔ پننہِ اتھ سیٚلہِ ترٛاوُن اَخری نظر۔ زن اوس اتھ سیٚلہِ اجازت منٛگان۔ تِکیاز ژٔتین دون وُریین منٛز آسہٕ تمی زیادٕ کتھ اَتھی سیٚلہِ ستی کرمٕژ۔ تہٕ اَہنٛدِ دِلکی رازتہِ اَسی یتھی سیٚلہِ منٛز گتبن تام قاد۔ رشیدن تُل قدم پُلسہٕ والین کُن، تمو کر اَمس نرِ تھف تہٕ دراے سیٚلہِ نبر۔ نیبرٕ دِژ رشیدن اسمانس کُن نظر۔ نوٗن اسمان...... اَڈزوٗن...... تہٕ کینٛہہ تارکھ وُنہِ تہٕ پرٛاران، شاید یہِ وُچھنہٕ خاطرٕ زِ سرینگر سینٹرل جیلک یہِ صُبح کُیتھ روزِ۔ رشید گوٚو کاٹھِس کُن یکان۔ پُلسہٕ واٗلی تہٕ جیل

سپرنٹنڈنٹ أسی تس کتھ کران مگر سُہ اوس نہٕ کنہِ تہِ کتھِ جواب دوان، تِکیازِ تسُند أندرِم سکوٗن اوس تیوٗت گنیوٗمُت زِ سُہ اوس نہٕ نیٚبرِم کانٛہہ تہِ کتھ، کانٛہہ تہِ آواز ووٗنی بوٗزِتھ ہٮ۪کان۔ تس روٗدنہٕ حِسابے زِ سُہ کوتاہ پوٚک، یوٚتام تٔمی تتھ جایہِ قدم ترٛوٚو یٚتیٚن کأٹھس کھالن وول تس پرٛاران اوس۔ رشیدن کوٚر أسونہٕ ہونٛجہِ جلادس أچھوٕ ستی استقبال۔ جلاد تہِ اوس پننہِ جایہِ پریشان زِ یُتھ ہیوٗ پھاسہِ کھسن وول چُھنہٕ تٔمی زانٛہہ وُچھمُت۔ رشیدس گٔرِکھ پٔتی کنی اتھہٕ بند تہٕ جلادن اوٗن کرٛہن نقاب تہٕ ترٛوونس کلہٕ پیٹھہٕ بتھِس تام۔ نیٚبرِم گاش تہٕ نیٚبرِم دُنیاہ موکلیوٗو۔ سُہ ژاو اندر تہٕ گُنی ٹِکہِ ووت ماجہِ نِش:

''موجی بہٕ ہے دِژاس ہُمہِ جمأژ پاس''

''دلٕجسیا بلایہِ، وولاڈ بکس ہا کرٕے میوٗٹھ'' موج چھےٚ رشیدس چیرِ پانس ستی رٹان ''از ہا دِژام زندگی ہُنٛد بوٚڈ طماہ۔ مجید صأبن مون نہٕ پوٗژوی مہِ پیٹھہٕ پرنٕے، نتہٕ آسہِ ہے سُہ تہِ دٔہمہِ جمأژ پاس''

''دٔہمہِ نأے، ہُمہِ جمأژ''

''آہنٛو، تی''

''سُہ کتی چھ بھأے لالہٕ''

''سُہ ہا دِژاو مشیدِ دُپہرِچ نماز وأژنا''

"تہٕ اپہٕ آونابتہٕ کھیٚنہٕ"

"نہ، پکان آسہِ......"

رشیدس چھ بوٚڈ بوے مجید صاأب تیٚمی بس پوٗنژِم جماعت پاس کٔرِتھ أکِس مدرسس منز داأخلہٕ روٗٹ تہٕ تتہِ مذہبی تعلیم حاأصل کٔرتھ سپُد حفظِ قُران۔ پننو اطوارو، پننہِ اخلاقہٕ کِنی تہٕ پننہِ مذہبی علِمہٕ کِنی بنوو سُہ محلہٕ والیو مُشیدِ ہُند اِمام، یس پتہٕ محلکی تمام زِٹھی تہٕ بایزتھ لگھ نماز پران چھِ۔ مجید صاأب چھ صداقتچ تہٕ پرزٕچ علامتھ، یُس گرِ سبٹھاہ کم وخ گزاران چھ تہٕ باقے وخ یا مُشیدِ منز نتہٕ اِسلأمی لایبریری منز صرف کران چھ۔ گرس منز کیاہ کیاہ چھ سپدان، اتھ ستی چھیٚنہٕ تس کانٛہہ دِلچسپی تہٕ نہ چھ کُنہِ مسلس سَنان۔

رشیدُن مول غلام احمد چھ پُلسہٕ تھانس منز انسپکٹر تہٕ اوٚ کِنی چھ سأرِے محلس منز اُہو ندد بدٕبہٕ۔ خاصکر چھ رشیدس تہٕ أہنزِ ماجہِ سارس اُہو ند زیاد لرزِ۔ رشیدس چھ ہمیشہِ أچھن تل مأژی سُند پُلسہٕ ببلٹ روزان تِکیاز رشیدنہِ پرٛتھ غلطی پیٹھ چھ مول ببلٹ کھولان تہٕ پتہٕ رشیدس ببلٹہٕ ستی لہٕہ کھالان۔ کُنہِ کُنہِ چھ سُہ ببلٹ کِلس اویزان تھاوان تہٕ رشیدس یام اتھ ببلٹس کُن نظر پیوان چھےٚ، تس چھےٚ ترٕ پھٹان۔ سُہ چھ تولیہ یا بنیٚہٕ کانٛہہ پلو اتھ پیٹھ تھاأوِتھ پننس خوفس کم کران۔

اُتھی منٛز چھےٚ پَچھو ہیرِ پیٹھ میٛخن ہِنٛدِ گُھرَنٛچ آواز کَنَن گژھان۔
دوشوٕنی ماجہِ پُتھرن چھُ فِکرِ تران زِ سُہ آو۔ تس اوس عادتھ زِ سُہ اوس ہیرِ کھسنہٕ
برٛونٛہہ پٔنُن میٛخل پُلسہِ بوٗٹ پَچھو ہیرِ پیٹھ گُھران تہٕ پتہٕ اوس ہیوٚر کھسان۔ یہِ
اوس سُہ دوہے کران، تہٕ اتھ پتہٕ کنہِ کیاہ سوچ اوس، تہٕ زانہِ ہے سُے مگراکھ
کتھ اُس سٔہی زِ ساَرِے گرس اوس لرزٕ اژان، تتھَے پاٹھی یتھ پاٹھی دوٕ ہِنٛد
اژنہٕ سٟتی گلریزِ منٛز گژھان اوس۔ سو گو پھ اُس ترٛ ہران ییتھ منٛز مست نازقاَد
اُس۔ غلام احمد ووت ہیوٚر کُٹھِس منٛز، دوٕنوٕنی یکوٹہٕ وُچھِتھ گوٚو حاَران مگر
پرٛژھن نہٕ کاَنٛسہِ کینٛہہ۔ سُہ اوس زیٛوِکم کاَم ہوان تہٕ ببلٹس زیاد۔ بَتہٕ کھبنہٕ
وِزِ اوس سُہ ببلٹ کھولان تہٕ ٹوٗپی پتھر تھاوان۔ تمی لوگ تی کرُن تہٕ ساریٕ ژھس:
"توہہ چھُ مُبارک"
"خبر کمیٛک؟"
"نیٛچو گوٚو پاس"
"مےٚ دوٗپ بہٕ مابنٛیوس ڈی ایس پی (DSP) تہٕ مےٚ چھینٛہٕ
پَیِی۔ بٔہم جماعت گیا کانٛہہ جماعت۔ یہِ چھنہٕ کانٛہہ برٛٔ گتھ، نَہ چھُ اتھ پیٹھ
زیاد خوش گژھن...... ووتھ شیٛہر بتہٕ۔"
سارن گٔرژھو پہ تہٕ ژایہِ دانہٕ کُٹھِس منٛز۔ غلام احمدن پُٹھری اتھ تہٕ

بیٛوٹھ پتھر۔

''کُس ڈویژن چھے؟''

''فسٹ ڈویژن''

''فسٹ ڈویژن......ازکل چھِنہٕ پوزیشن والین پرٛژھان۔''

''مگر ابو جی! آرٹس سبجکٹ آسنہٕ کِنہٕ چھِ نمبر کم گژھان۔ بیٛیہٕ کُنہ چھ ازتام سانہِ زانکاری منٛز تُہ بلتھس منٛز فسٹ ڈویژن اوٚنمُت۔''

''کیاہ ووٚنتھ!......ہُنہہ......وُنہِ گوکھ صرف ہُمہِ جمأژ پاس تہٕ لوٗگتھ ژھنگُن......ہُنہہ'' مول چھ بلبٹ ٹُلان تہٕ رشیدس پیٹھ تتھ پأٹھی استعمال کران، زنتہٕ کانٛہہ خطرناک مُجرِم اَتھِ چھس آمُت آسان۔ موج دڑاںیہِ بتہٕ اَتھِوے تہٕ اُنٛج نیچوٗس بچاونہِ۔ تس تہِ وُتھی زِ ژور بلبٹہٕ دَب۔ غلام احمدن تُج اُتھی ستی ٹوٚپی، بلبٹہٕ گوٚنڈُن تہٕ بَتہٕ کھبنے دڑاوتھانس واپس۔ بیٛیہٕ سوے بوٚٹن ہنٛز آواز......رشیدس آسہِ سأرِے پانس لَہہ کھرٛ مرٛژ۔ بچاو کران اُسی ماجہِ تہِ اتھن زخم لگیٛمتی۔ دوٚنوَے اُسی ودان تہٕ دوٚنوٚنی اُسی لفظ رأوی متی۔ اُتھی منٛز ووتلیہٕ مُشید منٛز بانگ، تہٕ دوٚنوٚنی باسیوٚ وَز مجید صابنہِ آوازِ ستی آومرہم تہنٛد بن زخمن ہنٛز دَگ شیٛہلاونہِ۔ بانگ موکلیہٕ تہٕ دوٚنوَے ماجہِ پُتھر رُوٚدی لفظو بغأر اکھأکی ہنٛدی زخم گنٛزران۔

راتھ آیہٕ پٹنہِ اندامہٕ۔ غلام احمد آو سُلی تھانہٕ پیٹھ تہٕ شامُک بتہٕ

کھبتھ ژاو پٔنٔس کٔتھس منٛز تہٕ رشیدٕ تہٕ اوس پٔنٔس کٔتھس منٛز دگ شیٛہلاوان۔ تس اوٗن ماجہِ بتہٕ توٚتے تہٕ کھیٚوٗن۔ مجید صأب اوس وٗنہٕ مُشیدِ منٛزٕ ے، سُہ اوس ہمیشہٕ خوفتن نماز پتے گرٕ اژان۔ بتہٕ کھیٚاوان کھیٚاوان وُژھ موج رشیدس "گژھ، دوہ پانژھ شےٚ کھس تہٕ ماتامال، تتی گندَکھ تمن بھاین ستیٚ تہٕ بیٚنہٕ کرٕ کھ وو شواہ۔"

رشیدن کراتھ کتھِ پیٹھ ژھوپہ، شاید اوس سونچان زِ کیٚژن دوہن گرٕ نیرنُے چھُ جان۔ تیٚتس کالس ژاو مجید صأب تہٕ۔ مجید صأب اوس قدآور، خوٗبصورت خط تھأوِتھ، سبٹھاہ لوتہٕ بولان تہٕ بولنہٕ وِزِ سبٹھاہ کم لفظ استعمال کران۔ تمیٚ ییلہٕ ڈٕ ہک سورے حال بوٗز، سُہ وۄتھ سبٹھاہ لوتہِ ماجہِ کُن "موجی! یہٕ چھِ تہنزٕ ے رضا، اتھ برٛونٹہہ کنہِ کلہٕ نوٚمرِتھ روزنُے چھےٚ عقلمندی۔"

"بھأے لالا! مذہبی تألیم چھا انسانس لاچار تہٕ بےبس بناوان"

"نا بھأے جانا، یہٕ چھےٚ برداشتُک طاقت دِوان"

"دپھ حض ظُلمس طاقت بخشان۔"

"بھأے جانا یہٕ چھُ زیوٗٹھ بحث۔ ظُلم چھُ بس توٚ تام ظُلم، یوٚتام برداش چھُ۔ پتہٕ چھُ اتھ معنے بدلان، شکل تہٕ بدلان"

"ابوجی نِس ظُلمس متعلق کیٚاہ چھُ چون سوچ وِنان۔"

"سُہ چھُ سون مول، تہٕ شاید پنٕنہِ حسابہٕ اسہٕ تألیم دِوان۔ وٕنۍ گو انداز چھُس بدل۔ ژےٚ چھےٚ مُبارک، ژٕ چھکھ ہُمہ جمأژ پاس درٛ امُت۔

تِتھے پأٹھی روز پران، اِنشاءُ اللہ والہٕ سُہ دوہ ضرور رِزِ ژلگِھ صحی مقام" یہِ وُنتھ دِژاو مجید صأبن تہٕ ژاو دلنہٕ کُٹھس منز ماجہِ ستی بَتہٕ کھینہِ۔ رشیدس گو بییہِ اُچھ تہٕ تیٚھنٛدِ پنہٕ بڑونیہے اُس تس مُژ ننٛدرِ پیمٕژ۔ پانژٕ وُشیٚیو ؤری یَو پیٹھ اُس موج تہٕ یمِنٛے نِش شونگان تہٕ غلام احمد اوس بلکل الگ پنٛنِس کمرس منز پننہِ حسابہٕ راتھ گزاران۔ سارن پرٛژھنہٕ تس زانیہہ تہٕ اتھ متعلق سوال، البتہٕ اوس رشیدَسے منٛزی یہِ کتھ محسوس کران مگر پتہٕ اوس پانے مُشران تہٕ۔

بَہارُک موسم اوس پوٗر شبابس پیٹھ۔ پرٛ بتھ طرفہٕ اُسی پوش تہٕ میٚژ ہنٛز خوشبوے۔ گام اُسی پوٗرِ سرسبز، کھاہن منز تہٕ اوس بنجر دِژ ؤنٹھی گرٛ ھان۔ بادام پھُلکے اُس برجستہٕ تہٕ رشید ووت ماتامال۔ کولہٕ بُٹھِس پیٹھ اوس اُہنٛدِ ماتامالُک مکانہٕ۔ یوٗ دوٚے دارِ کنِ اتھٕ کرِٛ ہو، کولہِ منٛزٕ ہسکہٕ ہو آبہٕ گلاسہٕ کھائِتھ۔ تیوٗت سرٛ ؤن رِشتہٕ اوس اتھ مکانس تہٕ کولہِ، آبس تہٕ اوس وُشنیر پھیوٗرمُت تہٕ زِبو آمُژ۔ وونی اوس یہِ وسوٗن آب باضابطہٕ کتھٕ کران تہٕ کیاہ تام ونان، شایدی زِ پگاہ کانٛہہ آسیٚہ آسیا، مگرٕ یہ آسہٕ تِتھے کنٛز ؤتھکی پأٹھی وسان۔ بہر حال رشید ووت ماتامال تہٕ تیٚہنٛز نانی تہٕ بُڈی بب گئے سخ خوش۔ مامن تہٕ مامنین تہِ آیہِ نہٕ پرٛژھ۔ ماٹرِی بھائے تہِ آس اکنہٕ ولنہٕ۔ رشید اوس نُہم جماعت پاس کرنہٕ پتہٕ گوڈنچہِ لٹہٕ ماتامال کھوتمُت۔ شہرُک لڑکہٕ اوس گامہٕ کیو لڑکو نِش ہمیشہِ الگ نیران، گھنبس چینِس منز، گنٛڈنس دِژ وکنس منز، کتھِ کرنس منز، گام وأتِتھ باسیوٗ رشیدس

زِ تِمۍ چھُ ہِم جماعت پاس کٕرِتھ کیٛا ہتام پڑ وومُت۔ تس گوٚ وپٕنُن محلہٕ، پٕنُن موٗل تہٕ پٕنُن بوے سورُے مُشِتھ مگر موج روٗزِس ہمیشہٕ اُچھن تل۔ ماجہِ اوس نہٕ سہٕ مُشرِتھ ہبکان، تِکیٛازِ تس اوس باسان زِ تس ہیوٚ مظلوٗم چھُنہٕ یتھ دُنیاہس منٛز کانٛہہ۔ تس اوس باسان زِ سارِنٕے پُلسہٕ تھانن ہُنٛد ظُلم چھُ تسی پیٹھ سپدان۔ خاٚرٲ چھوٚدوٗر، دِلہٕ دوٗر، فی الحال اوس سہٕ ماتامال کھوٚتمُت پنٕنۍ پریشاٲنی دوٗر کرنہٕ تہٕ حالَس روزَواُسی تہٕ ماتامالِس منٛز۔ رشیدس اوس کرکٹس ستۍ سخ رغبت، تمام کھِلاڑن ہنٛدۍ فوٹو اُسی تس کتابن منٛز آسان، بعضے چندَو منٛزتہٕ نیران۔ سکوٗلہٕ اوس سہٕ کرکٹ ٹیمس منٛز فخرٕ سان شاٲمل کرنہٕ یِوان تہٕ تِہنٛز بولنگ وُچھِتھ اُسی کم کم کھِلاڑی حاٚران روزان۔ گامس منٛز واتِتھ پرٛژھ اُمۍ ماہرن بھاین زِ ییٚتہٕ چھا کانٛہہ کرکٹ گِنٛدان۔ اُہنٛز دِلچسپی وُچھِتھ گیٚ ماہری باٚے سبٹھاہ خوش۔ تتھ چھُ وجہ زِ گامس منٛز اوس کرکٹ ٹورنامینٹ شروع گژھن وول، یتھ منٛز امہِ علاقکۍ قریباً داہ (۱۰) گام حصہٕ نِنہٕ واٲلۍ اُسی۔ تہٕ تِہنٛد گام تہِ اوس اتھ ٹورنامینٹس منٛز گِنٛدن وول۔ ووٕنۍ اوس سوال زِ رشید کتھہِ سپدِ ٹیمس منٛز شاٲمل۔ اتھ متعلق لاج اُمۍ ہند بوماہر بو بھایو تہٕ ماموکوٚشِش کرٕنۍ۔ یہِ گرٕ اوس سبٹھاہ اوسُے حال گرٕ، گامس منٛز مانہٕ یِوان تہٕ یِہنٛز اُس چلنی تہٕ واریاہ۔ ییلہِ یہِ کتھ گامہٕ کِس موقدمس پیٹھ پییہٕ، تمۍ دوٚپ زِ اُمس پییہٕ گوڈٕ پننین صلاحیتن ہُنٛد ثبوٗت دیُن، ادَے ہیکہِ یہِ ٹیمس منٛز شاٲمل

سپدِ تھ۔ فأصلہٕ گوٚو زِ عیدگاہس منٛز لگہِ پرٛیکٹِس میچ،یتھ منٛز رشید بوٚلنگ کرِ۔ سورٕے گام گوٚو آتھوارِ دوہہ عیدگاہس منٛز جمع تہٕ اشتیاق اوس یِی زِ شہرُک لڑکہٕ وُترِیا کِنہٕ نہ۔

پرٛیکٹِس میچ گوٚو برابر دٔہہ (۱۰) بجہِ شروع تہٕ رشیدس آو پٔنٕنز صلأحیت ہاوٕنُک موقہٕ دِنہٕ۔ رشیدٕنی بال اُس واقعی کماٗلچ۔ یہِ اُس نہٕ بیٹس مینس فِکری تران زِیہِ کپأرِ چھےٚ وِکٹ کڑان۔ گامکی زِھی گۓ خوش تہٕ زِریٚپہٕ ستی بوٚ زُکھ رشیدس لوٗل۔ ''یُہُس زِینٛو اُسہِ یہِ ٹورنامینٹ ضروٗر'' گامکی موقدمن تھوو رشیدس کلس پیٛٹھ اتھہٕ ''گوٚبریا! یمی گامن چھنہٕ زانٛہہ تہٕ کانٛہہ میچ زیوٗمُت، مگر اِنشأ اللہ کرٕو اُسی یُہُس کمال بس چأنہٕ ستی۔ خُدایے تھاوِنٔے وارِ۔'' رشیدٕنی ماہتری بأرے تہٕ مام گۓ سٕبٹھاہ خوش زِ رشید گوٚو ٹیمس منٛز دأخل۔ گامکی سأری شُری کھوٗبٕڑی اُسی رشیدس ووٚنٛی سٕبٹھاہ یزت کران تہٕ اُمس ستی کتھ کرنس خوش گژھان۔ رشیدٕنس وَننس پیٛٹھ آو یہِ فأصلہٕ تہِ نِنہٕ زِ پرٛتھ دوہہ یِیہِ شامن ژورِ بجہِ پیٛٹھ پرٛیکٹِس کرنہٕ تاکہِ ٹورنامینٹُک کانٛہہ تہِ میچ ہورِنہٕ یہِ گام۔ وُچھان وُچھان بنیوٗ وُ رشید گامُک ہیرو تہٕ ٹیمس منٛز اُسی اُمی سٕندی فأصلہٕ ووٚنٛی معتبر قرار دِنہٕ یوان، حالانکہِ رشید اوس فقط ارداہ (۱۸) وُہُر۔ کرکٹ گِندنہٕ علاوٕ اوس رشید پرٛتھ دوہہ شامن گامہٕ دوٗر کھہن کُن گژھان تہٕ بیر پتہٕ بیرِ پھیرِتھ قدرتی نظارن ہُنٛد لطف تُلان۔ کہے ناگہٕ جوین پیٛٹھ بِہان تہٕ آبس مُدٕے گٔنڈِتھ

روزان تہٕ گہبے وِرِ وارن منٛز ڈاپھ ترٛاوِتھ وسونِس آفتابس تھلہِ تھلہِ وُچھان، تہٕ تۄ تام اَسانس مُدٔے گنٛڈِتھ روزان یۄ تام نہٕ لنہِ گٹہٕ پرٛتھ چیزس پننہِ کوچھہِ منٛز ہوان اٲس۔ کیژن دوہن منٛزٕ بے باسیئو وٕ رشیدس زِسہ چُھ امہِ گامک پرٛون بسکین۔ زنتہٕ چُھ سہ ہَتہٕ واد وٕری بڑونہہ تہٕ یور آمُت، ییٚتہٕ یم گلی دِتی ءتی، زمینس باگنے گرٕ مٕژ، یمن ناگن پیٹھ ہتھ گرٕ شمہٕ کرٕ لیہِ منٛز بتہٕ کھیوٚمُت، یہ سورُے زن اوس تمی زوٚمُت۔ حالانکہِ سہ اوس فِکرِ پننہٕ پتہٕ دوہِ یاترٛیہ لٹہِ ماتامال آمُت مگر یور یمن کھہَن کُن اوس نہٕ زانٕہہ تہٕ گوٚمُت۔ تس اوس باسان زِ ییٚتہٕ چھہِ فطرت ژوواپاسے چھکرِتھ۔ قدمس قدمس پیٹھ انسانس کینٕہہ نَتہٕ کینٕہہ ہیچھناوان۔ سہ اوس کھہَوَ منٛزٕ کینکہٕ لچن کھالان تہٕ پَتہٕ موچھہِ منٛز بند گرِتھ تہنٛدِ دِلچ دُبراے محسوٗس کران۔ ووٚنی زلنہِ ہے سہ اتھ گامس پۆرِ پأٹھی۔ لمہِ چہ سڑکہ، امکی ناگہ رادتہٕ وِرِ وار اٲسی اٲمس ووٚنی ویٚدی۔ سہ اوس کھاہہ بیرٕ وپکان تہٕ ہِنہِ موٗنڈجن ہُنٛد ونہٕ وُن بوزان۔ تس زن اٲس فطرتس ستی ازٕلچ دوستی، مگر زامُت اوس سہ شہرٕ کس گنجان علاقس منٛز، ویٚتھِ ہنٛدِس بٔٹھس پیٹھ۔ ییٚتہٕ نہٕ سونتہٕ گگرایو ورأے فطرتک کانٛہہ تہٕ آلوکنن گرٕ ھان اوس، رشیدس ہیوٚتُن زندگی ہُنٛد محبت گگُن۔ ییلہِ سہ کھہَو پیٹھ ماتامالک رُخ کران اوس، سأری اٲسی تس محبتہٕ سان تھَلہِ تھَلہِ وُچھان تہٕ اکھ اٲکس ونان" یہ چُھنا شابان بٔٹن زُرٕ ییلہِ تہٕ اندراژان اوس، سأری بأژ اٲسی وُنِس منٛز تس زن وَلنہٕ یوان،

خاص کرأسی ماٲتری بھاۓ زیادے وو لسنس یوان۔ نوشہِ آسہٕ دانہٕ گٹھس منٛزرأ ژہنٛدِ کھینٛچ تیاأری کران۔ أژی شُری أسی لوکچہ کتابہٕ ہیتھ آسان تہٕ أژی أسی موبائیلس رِگنڈان۔ رشیدس اوس نہٕ موبائیلس ستی کانٛہہ تہِ لوے خوے۔ تس یوٚ دوٚے گرِ تہِ فون آسہِ ہے کرُن، سہٕ اوس لینڈ لائین استعمال کران۔ تٔہندِس سمارٹ فونس أسی فیچرس تہِ تہٕ نبٹ تہِ مگر توتہِ اوس سُہ سوشل میڈیا نِش واریاہ دوٗر۔ یتھے سُہ گرٕ واتان اوس، ماٲتری بھاۓ أسی تس سوشل میڈیاہس پیٹھ تٔہندی فوٹو ہاوان، یم پریکٹس کران کران تٔہندیو یارَو اَپ لوڈ کٔری متی أسی آسان۔ تِم أسی أمِس ونان زِ تُس فوٹوچھ کأتیاہو لایک کوٚرمُت۔ مگر رشید اوسنہٕ یمن چیٖزن لور۔ حالانکہ سوشل میڈیاہس پیٹھ اوس ووٗنی سُہ سٹھاہ مقبوٗل۔ اتھ گرس آسہٕ وٕنکین ماجہِ علاوٕ زٕ نوشہِ، بڑٕہش سارہ تہٕ لوکٹ ہش سلیمہٕ۔ سارس أسی ژور شُری تہٕ سلیمہٕ أس وُنہِ اولادٕ بغأر۔ سارُن خاندار شہناز صأب اوس ڈٕوٗنی تہٕ بادام کاروبار کران۔ پانس أسی یمن واریاہ ڈٕوٗنی کُلی تہٕ بادام باغ۔ ہرٕدِ تہٕ سوٗنتہٕ اوس سُہ أتھی کامہِ منٛز مصروٗف آسان زِ تُس باغ کتہِ چھُ تہِ رِکتھ ہیمَن۔ گرٕچہ آمدنی منٛز اوس اوہند واریاہ دیُت۔ تہٕ دوٗیمہِ نوشہِ ہُند خانہٕ دار مجیب صأب اوس ژوٗنٹی باپار کران تہٕ اتھ ستیٖ ستی اوسُس ٹھیکہٕ دٕری ہُند شوٗغل تہِ مگر گرِ اوس نہٕ زانٛہہ دزٕ بیٖٹھی گژھان۔ اتھِ نہٕ یِنہٕ باوجود تہِ أسی أندی پکھی چیٖمن سڑکن مدرسن ہُندی ٹھیکہٕ عموماً أمی ہے میلان۔ یوسہٕ تہِ سرکأری

کأم آسہِ ہے، تمیٚک ٹھیکہٕ تہٕ اوس أمۍ ہے میلان۔ اتھ اوس یہ وجہ زِ شابان بٹ اوس واریاہس کالس ایم ایل اے (MLA) روٗدمُت تہٕ ایم ایل سی (MLC) تہٕ۔ امہِ کِنۍ أس أہنٛز واریاہ چلنی تہٕ۔ سأرِسے تھیلس منٛز أسی لُکھ أمِس احترام کران۔ گُلُم پأٹھی اوس یہ گرٕ اکھ مثألی گرٕ سأرِسے علاقس منٛز مانہٕ یِوان۔ أٹھن بجن تام أسی مجیب صأبس بغأر سأری بأژسمان۔ شُربن أس بوچھِ لگان تہٕ تم أسی بتہٕ منٛگان، امہِ کِنۍ أسی سأری شامُک بتہٕ سارٕ ھن أٹھن، نوٚن بجن تام کھیوان۔ مجیب صأب اوس عموماً نوٚ، ساڑھ نوٚ بجہِ پتے گرٕ اژان۔ییٚلہِ سأری شوٚنگِتھ أسی آسان، پتہٕ أسی تم بأژزٕ بتہٕ کھیوان۔ دون بأژن کیٛاہ کتھ آسہٕ ہَن پتہٕ سپدان، تہٕ أس نہٕ کأنٛسہِ پتاہ۔ مگر سلیمہٕ أسِ زندگی ستۍ بیزارٕ ے باسان۔ امیٚک احساس گوٚو رشیدس تمہِ ساعتہٕ، ییٚلہِ تمۍ سلیمس پرٛژھ زِ مجیب صأب کیٛازِ چھ یوٗت ژیری گرٕ یِوان۔ تمہِ تر ووٚوش تہٕ ووش ترأوِتھ وٛننس ''یہ چھنا کاروبارس ستۍ زیادٕ پہَن آوٚر۔'' رشیدس ہیٛٹھ یہ کتھ۔ رشید اوس منٛزی بُڈی بِبَس تہٕ نانہِ نِش تہِ بہان تہٕ تمن نِش پرٛانہِ کتھٕ بوزان زِ تہنٛزِ ماجہِ ہنٛدِس لوکچارس منٛز کیٛاہ کیٛاہ اوس یتھ گامس منٛز تہٕ وونۍ کأژاہ تبدیلی چھےٚ آمٕژ۔ نانۍ أس تس اتھس تھف کرِتھ کولہِ نکھہِ نِوان، اتھ کولہِ اوس دٔچھِ گُل پھرٛ بس گُلمن دون منٛزٕ باگ تتھ پأٹھی کھوٚتمُت زِ اتھ اوس منٛزس یہوے منٛزٕل ہیوٗ بنیومُت۔ نانۍ أس تس ونان زِ ییٚتہٕ أسے موج دوہس سوارِ کھیوان تہٕ پتہٕ

اُس کولہِ پھٹان۔ دوہس اُس پانژِ پھرِ پلو بدلاوان۔ رشیدس اُس وُچنگلینچ موج یاد پیوان، تس اوس اَندرِ تلواس وِوتھان۔ واریاہِ لٹہِ آوتس یہ سوال ذِہنس منز زِ سہ پرٚژِھ نانہِ زِ توہہ کیاز دِژووں سوتس پُلسہ وأرِس مگر بہران اوسنہٕ، شاید اوِ کنٕز زِ گریُک سر ماپیہ وتہِ پتھ۔ موج تہِ اُس سبٹھا خوددار ییمہِ نہٕ زانہہ مأرِس ماجہِ پٹن کانٛہہ تکلیف بووٕ۔ امہِ گرُک اکھ اہم کردار توہہ تام واتہِ ناوُن گوٚو مےٚ مُشتھے، سہ گوٚو مہدِ بٹ، یُس شعبان بٹس لوٗکٹ بوے چھ۔ مہد بٹ چھُنہٕ کہنٕز کران، صرف پانژ وخ نماز پران تہٕ پننِس کُٹھس منز ژۄوُہ گھنٹہٕ بہان۔ کتھہِ سبٹھاہ کم تہٕ لُکن ستہٕ رلن میلن تہِ کم۔ تس چھُ بتہِ چاے بیترِ سورُے پنہٕ نِسے کُٹھس منز واتان۔ تمہٕ سِندِ خأطرٕ چھُ اکھ موہنیوٗ تہِ مقرر، یس عمہٕ لالہٕ ناو چھ، یُس لگ بھگ تہنٛزِ سارے کامہِ کران چھ۔ امہِ علاوٕ چھ سہ چار واین واتان، تم تزلیش چاوٕنی، تمن گھاسہٕ تراوُن تہِ تہُند خیال تھاوُن چھ بس عمہٕ لالس مَتہِ۔ وُچھوہےَ تہِ شعبان بٹُن یہ گرِ چھُ اکھ مکمل کائینات، ییٚتہِ قسمہٕ قسمکی مزاز چھِ، ییٚتہِ قسمہٕ قسمکی لُکھ چھِ۔ شعبان بٹ تہِ تہنٛز آشینٛی چھنہٕ ووٗنی زیادٕ گرس لأرِی۔ ینہٕ تم حج کرِتھ آے، تنہٕ تر ووٕ تموٗ لگ بھگ پٹن سورُے بار شہناز صأبس پیٹھ۔ تِکیاز زِ شعبان صأبس اوس باسان زِ شہناز صأبے چھ یہِ گرِ سنبھالنٕچ صلأحیت تھاوان۔ واقعی اوس تہِ تی۔ ییتھ پأٹھی گوٚو رشید تہِ امہِ گرُک مزاز وارٕ وارٕ سمجھان۔ مگرٕ زِ سوال اُسی تس بار بار دِماغس منز ووتلان زِ مجیب صأب کتہِ

چُھ ژیر تام آسان تہٕ مہدٕ صاب کیٛاہ چُھ دۄہی دۄہس پٔنٕنس بند کُٹھس منٛز کران آسان۔ یِمن دۄن سوالن ہُنٛد جواب ژھارنہٕ موکھ اوس تس شاید واریاہس کالس لتہٕ رُکُن، مگر تتھ مہلت اُس نہٕ۔ اَوے اوس سُہ شاٹ کٹِن کأم ہوان مگر وُنہٕ اوس نہٕ تس کینٛہہ تہٕ پَے لگان۔ ٹورنامینٹ ہیوٚتُن نزدیک یُن، تمام علاقٕکی جوان اُسی اتھ ٹورنامینٹس ستی آورِ۔ سأری اُسی اتھ دۄہس پزاران زِ خانہٕ صأبُن مأکہٕ تہٕ گرِٕژھ شروع تہٕ ٹورنامینٹک آغاز تہٕ گرِٕژھ، شاید ماکھسہٕ کانٛہہ منسٹر تہٕ امہٕ دۄہن خان صأبُن تہٕ شعبان صأب تہٕ ما آسہٕ بحیثیتِ مہمانِ خصوصی تتہٕ موجود۔ دۄہَن گامن ہنٛدی ٹیم اُسی حصہٕ ہنہٕ وألی۔ داہ گام گوٚو واریاہ۔ یِمن منٛز لوٚکٕٹ لوکٕٹ تہٕ بٔڈیہٕ واریاہ گام شأمل اُسی۔ رشید گوٚ پریکٹس کران تہٕ پریکٹس میچن منٛز اوس رشیدٕ پٔنٕنس پأنس سام ہوان، پننہٕ بولنگ منٛز نوٚبر انان، تیزی بڑھاوان، بالہٕ منٛز عجیب وغریب حرکتھ پأدٕ کران۔ پننہٕ ٹیٖمک کانٛہہ تہٕ بیٹس مین اوسنہٕ تھٔہرِ بالہٕ رِگندِتھ ہیکان۔ رشید نِس بالن ہُنٛد چرچہِ ہیوٚتُن بیٚین گامن تام واتُن تہٕ تمن گامن ہنٛدی لُکھ تہٕ اُسی دۄرِ دۄرِ یِتھ رشید نہٕ بالہٕ ہُنٛد سٹائیل وُچھان۔ ٹورنامینٹ شروع گژھنس اُسی وۄنی بس کینٛہہ دۄہ۔ خانہٕ صأبٕنس مألس تہٕ اُسی یِیَے کینٛہہ دۄہ۔ دمالہِ مأدانس منٛز اُس دمالہٕ ہنٛز تیأری سپدان۔ واریاہن گامن ہنٛدی دمالہٕ فقیر اُسی امہٕ دۄہن لتہٕ حاضری دِوان تہٕ گوڈٕ انوارٕ اُس دمأکی سپدان۔ تمہٕ پتہٕ اوس مألک آغاز سپدان۔ رشیدٕ

اوس پننِس لوکچارس منز واریاہ لٔٹہِ اتھ مائلس منز شریک سپدمُت مگر لوکچارس اوس تس بُڑی بب پننِس پھیکِس پیٹھ تلان تہٕ دماکٕ ہاوان۔ أزی چہِ لٔٹہِ اوس سہ بوڈ تہٕ تس اوس از پانہٕ وچھنک تہٕ سمجھنک حق۔ علی ڈار اوس گامُک موقدم، تہٕ کرکٹس ستی اَس تس کأفی دلچسپی۔ گامہٕ کِس کرکٹ ٹیمس یہِ کینژہ ہاہ سامانہٕ لگان اوس، تہِ اوس سُے مہیا کران۔ بیٹ، بالہٕ وردی بیترِ سورُے اوس سُے شہرِ پیٹھ اناوان تہٕ سُزی منزی اوس پریکٹسہِ پتہٕ چایہِ ہُنٛد تہٕ بندوبست تھاوان۔ یتھے ٹورنامینٹک دوہ نزدیک ووت، ژ دوہ برونٛہہ بُلاوی تمی ساری کِھلاڑی واژ وانس پیٹھ پُن گرِ۔ رشیدس اوس زیادٕ پہن یژتھ تکیازِ گوڈنچہِ لٔٹہِ اَس گامس میچ زینٛنچ ووميد۔ پتی موٕ داہو وری یو پیٹھ اَسی یم لگاتار ہاران آمتی۔ بہرحال واژ وانک مُشک اوس ژواپا سے پھألتھ۔ موقدمن کوٚر سارِنے کِھلاڑن اکہِ اکہِ اِستقبال تہٕ رشید روٗٹن نالہٕ مَتہٕ تہٕ کھولن ہیوٚر پانس ستی کمرس منز۔ کمرس اَسی شاندار قالین وٕتھرِتھ۔ بیلہِ ساری پیٹھی یتھے وأ ژنُنہٕ چاے تہٕ شرمالہٕ کمرس منز، اتھ ستی بسکٹ، کیک بیٚیہِ واریاہ چیز، زَنتہٕ اوس موقدمس کورِ خاندرتہٕ برأ ژہُنٛد اوس استقبال سپدان۔ بہرحال یتھے سارِوے چاے چیٚیہِ، موقدم ووٚتھ کیاہتام کرنہِ یون تہٕ اکھ جوان کوٗرگیہ کمرس منز دأخل، تس پتہٕ پتہٕ بیٚیہِ ژ ترِ کورِ۔ تموگری پننہٕ پننہٕ موبائل تہٕ ٹلِکھ فوٹو۔ رشیدس وٕتھی زیادٕ فوٹو۔ تہٕ اَمہٕ کورِ تلی رشیدس ستی کینٛہہ سیلفی تہٕ۔ ساری کِھلاڑی اَسی ہے بنگہٕ ہوی

وُچھان تہٕ رشیدس وۄتھ عأرق۔ تِمو اوس گوڈنچہ لٹہِ کأنسہِ کورِ ستی فوٹو ٹلُمت۔

"ہلو......بہٕ چھُس شازیہ، تُہنز پٔنٕز۔ پٔنُن Face book أسو وُچھان۔ خأر......بہٕ کرتوہہ ستی پتہٕ گتھ۔"

رشیدن ہیوٚ کھ نہٕ کانٛہہ تہِ جواب دِتھ۔ کورِ دژ ایہ فوٹو ٹلِتھ واپس تہٕ کھلاڑی أسی حأران تہٕ اکھأ کِس کُن وُچھان کُنہِ سوالہِ بغأر۔ تہٕ أتھی منٛز ژاو موقدم تہٕ بیوٚٹھ پننہِ جایہ۔

"بہٕ چھُس زانان زِ ییمہِ لٹہِ کرو توہہ واریاہ محنت، تہٕ ییٚمہِ لٹہِ گژھ سون گام تہِ یتھ پتھرِ منٛز کلہٕ تھوٚدُ تُلُن لائق۔ اتھ سأرِسے منٛز چھُس بہٕ رشید صأبُن سبٕتھاہ شُکر گزار زِ أمی ہندِ ستی میچ سأنِس ٹیمس ہمت۔ اسہِ میوٚل اکھ بہترین باولر تہٕ شایدِ ے آسہِ یتھ پتھرِ منٛز یوٚت اصل باولر کانٛہہ۔ خوداصأب دِیہِ توہہ ضرور کامیأبی۔ خانہٕ مول کرِ ضرور اسہِ مدد۔ مے چھےٚ تُہندِس اَستانس پیٹھ تُہر تہِ تھأوِمژ۔ ییلہِ أسی کامیاب گژھو، أسی کھسو سأری رٔلِتھ سوتُہر ہتھ تور۔ کألی کیتھ گژھ ٹورنامینٹ شروع۔ امیک شیڈول بنیوٚوَ تہٕ سون گام چھُ گروپ اے (A) یس منٛز۔ تہٕ سون گوڈنیک میچ چھُ کألی کیتھ کاٹھوارس ستی تہٕ پیٹھی سأنِس گامس منٛز یِیہِ گوڈنیک میچ گِندنہٕ، توہہ ماچھِ کُنہِ چیز چ کمی، یا ماچھُ کانٛہہ سوال۔"

سأری کھلاڑی أسی ژھوپہ کرِتھ بوزان، کأنسہِ وۄن نہٕ کینٛہہ۔ "رشید صأب توٚہی وۄنو، کُنہِ چیز چ ماچھےٚ کمی۔"

"نہ حض کُنہِ چیزٕچ کمی چھیٚنہٕ، بس میچس دوران یوٚ دوٚے ترٛیش بیترٕ تھاونہٕ پییہِ ہے، جان روزِ ہے، تِکیاز گرمی تہِ چھےٚ تہٕ کھلاڑٕ بن لگہِ ضروٗرترٛیش تہِ۔"

"ترٛیشہِ ہُنٛد تہٕ جوٗسک انتظام آسہِ پزٕ بتھ میچس دوران، تہٕ فکر ہیٚنز چھیٚنہٕ ضروٗرت۔ آ! بیٚا کہٕ ضروری کتھ چھےٚ زِ ایجوکیشن مِنسٹر کرِ امہِ ٹوٗرنامینٹُک آغاز۔ سُہ کرِ گوڈنبتھ بیٹنٛگ تہٕ تس کرِ بال رشید صاًب۔ سُہ چھُ پانہٕ جان بیٹس مین روٗدمُت تہٕ رانجی میچ تہِ چھِن گنٛدی متی۔"

"توہِ تھووٕ رشید صاًب یاد"

"اہن حض ٹھیکھ چھُ۔" رشیدٕ چھُ کلہٕ بون کُن ژھنتھ موقدم سنٛزِ کورِ متعلق سونچان، یوسہٕ سٹھاہ خوش شکل اُس، زَنتہٕ اُس سارے گامٕچ خوٗبصورتی تٔسی اندر شرٛپیمٕژ۔ تس اُس سو بار بار اُچھن تل یوان تہٕ یہِ کتھ یاد پیوان زِ توہہِ ستی چھم کتھ کرٕنی۔ اُتھی ستی لوٗگ دستر خوان۔ واز وان گوٚو شروع، رشید صاًب، موقدم تہٕ بیٚیہٕ زِ کھلاڑی وُتھی اُکِس ترٛامہِ۔ رشید صاًب اوس سٹھاہ احتیاط ورتاوِتھ بَتہٕ کھیوان تہٕ موقدم اوس یہِ کتھ محسوٗس کران۔

"رشید صاًب! اُسی چھِ گامکی کھیٚنہٕ چینٛکی ماہر۔ توٚہی تہِ اپناوِو سأنی عادتھ یوٚ تام یتھ گامس منٛز چھِوٕ۔"

"ماتامال تہِ حض چھُ گرَے آسان۔ یہِ گام حض چھُ مے پٔنُن،

پننہِ ماجہِ ہُنٛد۔"

"اَوَے چھوِ امہِ کہِ یزتُک خیال تھاوان۔۔ تہٕ سُہ ییہِ تیٚلہِ تھاونہٕ، ییٚلہِ توٚہی بھرپوٗر کھیٚیِو چیٚیِو۔" کتھَن کتھَن منٛز موکلیوٚ وَبتُک دور۔ امہِ پتہٕ آو دست پاک دِنہٕ تہٕ امہِ پتہٕ آیہِ فیرین بڑوٚنہہ کُن۔ فیرین کھسوٕان کھسوٕان گوٚو رشیدس احساس زِتس چھُ لگاتار درواز کہِ پرٕدٕ پتہٕ کنٛہِن کُستام وُچھان۔ خأرتِمی کوٚر نہٕ زیادٕ غور۔ رأژ ہنٛز ساڑ داہ بجیہِ تہٕ سارِوٕے کِھلاڑِیو ہیوٚت اِجازت تہٕ لگی نیرنہِ۔ موقدم وۄتھ بِنٛہ مس دروازس تام یمن ہتی تہٕ اکہِ اکہِ سارِنٕے ہتی دِسی پوٚسی کران کوٚرُن سارِنٕے الوداع۔ سأری یِتھُے نیبر دراے، پننہِ پننہِ جایہِ أسی خوش زِ گوڈنچہِ لٹہِ آو تِمن گامس منٛز یِتھ یَزت کرنہٕ۔ تہٕ سأری أسی ونان زِ ووٚنی پیٚیہِ زیادٕ محتاط روزُن۔ گز ترٕ ژَنجی پکِتھ گیہِ اَنہِ گٹہٕ شروع۔ اوٚ تام اوس موقدم ہِندِ آنگنُک بجلی گاش، مگر ییٚلہِ سُہ موکلیوٚ، گُلبن تل زاہرٕ انہِ گٹہٕ ہیٚرن وأناکھ باسنہِ۔ زوٚن تہِ أس حالانکہِ تِٕس اَسمانس پٹھ پربزلان تہٕ کولہِ ہُنٛد شرٕ ووٚنی کرٕوٗن آب اوس زوٚنہٕ گاشس منٛز چمکان۔ سأری کِھلاڑی گےٚ پٔنُن پٔنُن خاب ہیتھ سوتہٕ قدمو پٔنُن پٔنُن گرِ گژھان۔ رشید تہِ ووت ماتامال نکھہٕ، پننیِن دوستن ہیوٚتُن اِجازت تہٕ ژاو آنگن برنہِ۔ برنہِ ہِنٛدِس کرٛہکس ہتی گوٚو مکانُک درواز یَلہٕ۔ رشیدن سوٚنچ زِ سأری آسن شوٚنگمتی تہٕ نانی آسہِ تٔہنٛدِ خأطرٕ ہُشار۔ تِمی گرٕ

بَرَن بند تہٕ لۄگ دروازس کُن پکنہِ ۔ یُتھے دروازس تل ووت، سلیمہٕ اُس دروازس ستۍ ڈۄکھ دِتھ پژاران ۔ زۄنہٕ گاشس منز اُس سو زیٛادَے خوشۆنی باسان مگر بُتھس پیٹھ اوس سَہ نامولوٗم غم بدستوٗر جاری۔

"توٗہی چھِوُنہِ ہُشارے۔"

"آ......! مےٚ چھِ ہُشار روزنٕچ ہال گاٮ۪مٕژ۔" رشیدن بوٗز از دۄیمہِ لٹہِ اٮ۪ہنز آواز۔ تس باسیےٚ تٮ۪ہنزِ آوازِ منز از زیٛادَے دَگ تہٕ زیٛادَے بغاوتھ۔

"مامہٕ ٹوٹھ آوناوُنہِ"

"تہِ چھُنہٕ ووٗنی میٛانہِ خاطرٕ معنے تھاوان۔ اٮ۪ژِو، توٗہی تہِ شۄنگوٗ بہٕ کرٕ درواز بند۔" رشید پۄک اکھ زٕ قدم بژوٗنہہ۔ سلیمن کۄر درواز بند۔ وُزس گیہِ مکمل انہِ گٹہٕ۔ ہیرٕ پاوِس پیٹھ دِژ رشیدن پۄت نظر۔ سلیمنِ ژھاے باسیَس پَتہٕ پَتہٕ پکان ۔ تٮ۪ہندی گرٕم شہہ گیٔ تس گردنہِ پیٹھ محسوٗس۔ تمیٚ تھووُ قدم تیز تہٕ ووت پننِس کُٹھِس منز۔ بِستراوُسُس تژاوِتھ۔ زۄنہٕ گاشہِ ستۍ اوس اٮ۪ندرٕ کمرس منز پژبتھ کانٛہہ چیز صاف لبنہٕ یِوان۔ تمیٚ تُج لیفہِ لۄنٹ تہٕ وُچھن لیفہِ ہنز گرمی پانس۔ بسترس منز اژان باسیوٗ وُتس زِ یَتھ منز چھ خبر کوٗہند تام وُشنیر موجوٗد۔ تس باسیہِ لیفہِ اندر اکھ عجیب خوشبوے، عجیب شہہ ۔ خاٚر، رشید سنٛیوٗ وُنہٕ امہِ کٔبن زاوی جارن، تمیٚ ہیژ لیف کلہٕ تَلہٕ۔ کولہِ ہُند شرٕ وٕنی شرٕ وٕنی اوس تس اَکس عجیب دُنیا ہس

منز واتناوان تہٕ ہنٛدر پاوان، زنتہٕ اوس ماجہٕ ہنٛز کوچھ ہُنٛد شُری بأتھ کانٛہہ گنگناوان۔

پگاہ گژھہ باقأعدٕ کرکٹ ٹورنامینٹ شروع تہٕ پگہہ گژھہ مأچ تہٕ شروعات۔ پگہُک دوہ چھُ سبٹھا اہم تہٕ پگہہ نوٕ (۹) بجہٕ چھےٚ رشیدس گوڈنچہٕ لٹہٕ منسٹر صأبس بال کرٕنی۔ یِی سونٛچان اوس رشیدٕ لوسہٕ وِنس اَختابس وُچھان۔ أندرٕ أسس بے شُمار سوال تہٕ بے شُمار وہم۔ سُہ روٗ دژ یرتام تام پانس اندر پننین سوالن تہٕ پننین وہمن سام ہیوان، یوٗتام اَنہٕ گٹہٕ ہیرٕن گژھنہٕ۔ اؤبرٕ لنگن بنےٚ مرٕژ ووزجہٕ شکلہٕ، زن تہٕ کرکٹ مأدان۔ تہٕ کاہ اؤبرٕ لنگ اورٕ یور کران۔ آفتابہٕ اوس خبرٕ کرٕ لوٗ سُمت، تس لوٗگ نہٕ ازٕ ہٕنز تہٕ پَے، سُہ ووٗتھ تھوٗ دتہٕ کھاہیرٕ وہیوٚت تمٕی واپس گام کُن روخ کرُن۔ یتھےٚ سُہ ناگہٕ پوکھرٕ نگہٕ ووت، تس گیہٕ زنانہٕ ہنٛدٕ اینٛچ آواز کنن۔ تمٕی اوس نانہٕ نِش بوٗزمُت زِ یتھ گامس منز چھ وِیرٕ وارن اندر پٔرِ یَن ہُنٛد سایہٕ۔ تس باسیوٚ وَ یہٕ آسہٕ تی۔ تس گٔنیوٚ وَ خوف تہٕ تمٕی تھوٚوٕ پنٛن قدم تیز۔ مگر تس باسیوٚ وَ زِ کُستام چھُ تس پَتہٕ پَتہٕ پکان، زنتہٕ توٗ ہنٛد پیچھا کران۔ ناگہٕ پوکھرٕ پیٹھٕ کینٛہہ قدم دوٗرٕ پکِتھ دِژ تمٕی پوٚت نظر، سلیمہٕ أس تس پَتہٕ پتہٕ پکان۔ سُہ گوٚ وحأران تہٕ ٹھُہر یوٚوٕ۔ رٔژھ کھنٛجہٕ سونٛچُن زِ یہٕ ما چھےٚ کانٛہہ پٔرِی، ییمہٕ سلیمُن انہار روٗ ٹُمُت چھُ۔ تمٕی اوس نانہٕ نِش یہٕ تہٕ بوٗزمُت زِ پٔری ہیکہٕ کانٛہہ تہٕ شکل اختیار کٔرِتھ۔ خوفہٕ سٟتی اوس تس أندری

عاؔرق پھٹان مگر دِلِ کوٚ رُت تہٕ رُکیوٚ وَ، یوٚ تام سلیمہٕ نگھہٕ وأژ۔

"ژےٚ ماگیی رائے ہٕ چھس پٕری۔"

"رائے نہٕ، بلکہِ چھم وُنہِ تہٕ یقین زِ ژٕ چھکھ پٕری۔"

"بہٕ چھبس نہٕ پٕری، بہٕ چھبس سوٗے، ییٚمہِ راتھ ژےٚ درواز مُژ رووُنے، ییٚمہِ راتھ چاٗنس بسترس منز پٔنن وُشنیر ترٛ وومُت اوس، ییٚمہِ پٔنز شہہ چانہِ باپتھ پتھ کُن ترٛأوی مٕتیٚ أسی۔"

رشیدس ژٕج کھورٕ وتلہٕ زمین نیٚرِتھ۔

"مگر ژٕ کیازِ چھکھ یہِ کران۔ شام وٕختن یور یتھ جایہِ یُن گامہٕ دوٗر ...... یہِ چھنہٕ زنانہٕ مُہنوِس خأطرٕ جان۔"

"جان تہٕ ناکار، یِم دوشوَے لفظ چھِ ووٚنی میانہِ خأطرٕ بےٚ معنے۔ گوڈٕ کیاہ تقصیر کھالہِ بہٕ لفظن، بہٕ چھبس پانہٕ تہِ بے معنے۔"

"مےٚ چھنہٕ چاٗنی اکھ کتھ تہِ فکرِ تران۔"

"یِمَو کتھو خأطرٕ چھکھ ژٕ واریاہ لوٗکٹ۔ تہٕ ژےٚ باوںہٕ بغأر چھنہٕ مےٚ نِش چارٕ تہِ کانٛہہ۔ وُچھنہٕ تلہٕ یہِ گام یوٚتاہ جان باسان چھ، حقیقتاً چھُنہٕ یہِ تہِ۔ کولہِ ہندِس آبس تل کأژاہ گنڈ چھےٚ، تہِ زانہِ سےٚ لیس اتھ آبس ستیٚ گزار کرُن چھُ پیوان۔ سانیٚ شہرٕ کھوتہٕ چھِ زیادٕ گوناہ گامن منزٕ ےپلان۔" رشیدس آو اتھ کتھِ پیٹھ اسُن۔

"شہر چھِ واریاہ خراب گأمتیٚ۔ پرٛتھ کُنہِ قسمٕک جُرم چھُ

أزی کبن شہرن منز میلان۔"

"گام تہِ چھِنہٕ رشید صأب پتھ! گام چھِ ووٗنی اتھ معاملس منز سرَس۔"

اچھا ژٕ ھنو یمن کتھن بلاے، تۆہی کیاز ِ أسو پیٚتھن یتھ ناگہٕ پوکھرِ پیٹھ۔"

"بس ژیٚ أسسے پژاران۔"

"خبر کیاز ِ؟"

"دِلن کوٚرنم زِ بہ کرِہا ژےٚ ستی کتھٕ تارٕ۔ گرِ ماچھُ وار...... تہٕ نہ چھِ فُرصتھ۔"

"ویسے وٗنی توٚمےٚ یہِ تُہنٛد خاندار مجیب صأب چھُنہٕ گرس منز نظرے گژھان، سہ کتہِ چھُ آسان۔"

"پنٕنِس ماسس متعلق گوٚژھ بنٛتھرس پےٚ آمُن زِ سہ کُس چھُ، کتہِ چھُ آسان، کیاہ چھُ کران۔"

"مےٚ چھُ وننہٕ آمُت زِ سہ چھُ ژوٗنٹھی کاروبار کران۔"

"کران چھُ کاروبارٕے، مگر ژوٗنٹھن ہُنٛد نہٕ۔"

"پتھ ادٕ۔"

"ژےٚ نٔی تمہِ دوہن ییٚلہِ تُہنٛز لاش گرٕ ولتہِ۔"

"پننہٕ نِس خانہٕ دارس متعلق چھا کانٛہہ پژھ کتھ کران؟"

''واقعی چُھنہٕ کانٛہہ کران۔ مگر تس خاندارِنہٕ متعلق تہِ سوچ، یس پٔرتھ برنہٕ ہنٛز آواز پیٹھ لارٕ پچھےٚ دارِتل یِوان زِلگھ ماژاے تٕہنٛدِس خانہٕ دارٕ سنٛز لاش ہیٚتھ۔ داہ وٕری وأتی مےٚ تِتھےٚ کُنٕز پننہِ وُ جارٕ گی پژ اران۔ زَنتہٕ میانہِ پھاسہِ ہُنٛد وَخ ژٕہہ پتہٕ ژٕہہ بدلاونہٕ چھِ یِوان۔''

''مگر تس چھنا بب کُہنٛز ونان۔''

''سُہ چھُ سیٛٹھاہ دٔورِ روز امُت۔ ناممکن چھُ تٔہنٛد واپس پھیرُن یا کانٛسہِ ہنٛز کتھ بوزٕنی، سُہ چھُ آوازو تہِ دٔور۔''

''مگر ژٕ...... چأنی زندگی......''

''بس تتھ ژٕہس حوالہٕ، یتھ مےٚ داہ وٕری پژ اران ووت۔''

''تمہِ پتہٕ آسہٕ شایدٕ بہٕ تہِ امہِ گرٕ تہٕ یٚیمہِ گامہٕ نبر۔''

''ژےٚ کُس کٔڈی؟''

''میٚون گُنبر...... میٚون اڈٕلیچر...... میٚون نامکمل آسُن۔''

''مطلب''

''یُوٚ دوٕے ژٕ یَژھان چھکھ زِبہٕ گژھ ییٚتہٕ مٔول دِنی، تیلہِ چھےٚ مےٚ پیٹھ اکھ احسان کرُن۔''

''کیاہ ہیوٚ احسان۔'' رشیدس گیہٕ گلہِ زیوٚ مگر توتہِ رٔود ونان ''خودا یس پیٹھ تھاو بھروسہٕ، سُہ کری ضرٔور ژےٚ اتھ رٔوٹ۔''

''اتھ رٔوٹ کرنہٕ خاطرٕ چھُ سُہ فرشتن سوزان۔ میانہِ خاطرٕ

چھکھ ژٕ سٕہ فرشتہٕ۔ رشید صأب! یہٕ چھبس مکمل گرٕھن یژھان۔ یہٕ چھبس زنانہٕ پٔنٕز یژھان۔ یہٕ چھبس پٔنٕن وجوٗد پژاوُن یژھان۔" یہٕ ونان ونانٕ گےٚ سلیمٕنٕز شٕہہ تیز، سوہیرٕن رشیدس نزدیک تٕنٕز مگر رشیدن ژٕج کھاہیرٕ وپیٹھی گُنی ٹِکھ تہٕ ووت گرٕ۔ گرِ آیہِ سس نانٕز بٔتس پژاران۔

"یوٗت ژٕ یرِ تام گرِژھ نہٕ نمبر روزُن۔"

"کیہی زِ دبدی"

"وٕنمے ناتہٕ چھےٚ پرٕی یہٕ، اتہٕ چھےٚ ساسہٕ بزٕ بلایہٕ۔"

رشیدن دِژ ہنا ژیتھ تہٕ تام ژایہٕ سلیمہٕ۔

"سلیمو ژٕ کتیو آسکھ وٕنیٔتام؟"

"نادا وسُم"

"اچھا اچھا، آمُت اوسا"

"آ...... مگر یہٕ ہیچس نہٕ تس سمکھِتھ۔ جلدی منژ اوس۔"

"خوداتھاوی نس وارِ وَتہِ۔ گوڈٕ کوٚرُن گری گرِ پریشان۔"

"کٔمی دبدی؟"

"کانٕسہِ نا گوٚ بریا، کھےٚ ژٕ بَتہٕ، پگاہ چھےٚ ناژےٚ رِگندنہِ گرٕھن۔"

"آہنی دبدی۔"

"گرٕھ میٚون خانہٕ مولٕ گرِی نےٚ کامیاب۔" یہِ وٕنِتھ دژایہِ دبد۔ باقٕے سأری اُسی شوٗنگِتھ۔ سلیمٕن شُہر رشیدس بَتہٕ تہٕ تھوونس بزٕ وٕنہہ

کنہٕ، پانہٕ کھۄژ ہیۆر پنٕنِس گٕژھس منز شاید کیٚنہہ کھٔنے۔ رشیدس تۆر نہٕ فِکرِ یِے زِ سلیمہٕ اُساتس رۄشتھ کِنہٕ سوٗ اُس وُنہِ تس پٮ۪تھ پٔنۍ وومید قائم تھاوِتھ۔ رشیدن کھیوٗ وَ بتہٕ وودٕنۍ وودٕنۍ تہٕ ووت پنٕنِس گٕژھس منز۔ بسترس منز اَژِتھ رۄد سُہ واریاہس کالس سلیمس تہٕ تٔہنٛدٮ۪ن سوالن متعلق سونچان۔ تس باسیوٚ وُ اَندرٕ اکھ کھُر ہیۄ ووتلان۔ پٔنُن ذِہن امہِ آورِ یرٕ نِش دۄر کرنہٕ موکھہِ کۆر تٔمۍ گرِ فون۔ فون ہیکہِ ہے سُہ بس بھائِس گٔرِتھ۔ سۄنچُن زِ بوے گوٚژھ وُنکین گرِ آسُن، دیٚوٚ سُہ ماجہِ ستۍ کتھ کرِ ہے۔ خوداین بوٗزتوہنٛد، مجید صاب اوس خوفتن پٔرِتھ گرِ آمُت۔ تِتھے مجید صابن فون تُل، کانٛہہ کتھ کرنہٕ ورأے کۆر تٔمۍ فون ماجہِ حوالہٕ۔ موج گیہِ رشیدٕنۍ آواز بوٗزِتھ سٮ۪ٹھاہ خوش۔ ہَتہٕ ہَتہٕ پھِرٕ لُجس بلایہِ تہٕ آس اَچھن اندراوٗش۔ اَچھ کربن پوٗزِ ستۍ صاف تہٕ پرٕژھنس:

"لٔج سَیا بلایہٕ، ژٕ کرٕ وَسکھ وونۍ واپس؟"

"داہن دوہن پٮ۪تھ لگہِ پگاہ یہِ کرکٹ ٹورنامینٹ۔ بٔہ چھُس ییٚمہِ گامہٕ کہِ ٹیٖمک کپتان۔"

"جان گوٚو، لٔج سَیہِ بلایہِ۔ موکلاوِو وونۍ جل جل تہٕ وَس واپس۔"

"خارٕ ے چھا؟"

"آہنوٗ خارٕ ے چھُ، لول چھُم نا آمُت۔"

''بس دٕہہ گٔہہ دۄہہ ہے وَسہٕ بٔہ واپس، یہِ چھا اِہ وارے، مجید صأب چھا ٹھیکھ۔''

''آ...... مجید صأب تہِ چھُ ٹھیکھ۔'' ماجہِ ترٛووٕ ووش تہٕ فون کوٗرُن مجید لالس حوالہٕ

''ہلو! بھأے لالہ سورُے چھا اَتہِ ٹھیکھ۔'' رشیدن پرٛژھ مجید صأبس۔

''آہنو، ییتہِ کیاہ ہیکہِ سپدِتھ۔تی یہِ چھُ۔''

رشیدس میوٗل امہِ کتھِ ستی تسلی تِکیاز ِ مجید صأب اوس نہٕ اپزٕ ونان۔رشیدن تھووٕ فون چار جس پیٹھ لأگتھ تہٕ ترٛٲوِن ڈاف......

أز ٹیک آفتابہٕ اوس باقٕے دوہَو کھوتہٕ بدل۔اتھ اوس تیٚز، اتھ اوس زیادٕ گاش تہِ۔یہِ گوٚو رشیدس تیلہِ محسوٗس ییلہِ دارِ کِنی آفتابہٕ گاش اندر پیوٗ وُتہٕ سیٚدِ سیوٚد چمکوٗن رشیدُن بُتھ۔امہِ وُشنیرٕ ستی مۄژ رِ رشیدن أچھ۔تس گوٚو احساس زِ وَخ چھُ یور آمُت۔سُہ وۄتھ بسترس تَہہ کٔرِتھ کُنی دورِ کولہِ پیٹھ تہٕ نیٚوٗن سرٛان کٔرِتھ۔اوٗ تام اوس آفتابہٕ ییٚہہ ہیوٚر کھوتمُت تہٕ دَمالہِ مأدانہٕ پیٹھ أس ڈھولن تہٕ سورنٔین ہنٛز آواز ووٗتلٕنی ہیٚژمژ۔بھانڈ تہٕ دمالہِ فقیر أسی مأدانس منٛز جمع گأمتی۔رشیدن چیٚیہ جل جلِ چاے ژوٗٹ تہٕ پٔتن بیٹ تہٕ بال ہیٚتھ دژا ومأدانس کُن۔پنٕنہِ ٹیمکی سأری کھلاڑی أسی گوڈٕے توتن وأتی متی۔ییٚتِس کالس گیہ دمالی شروع۔ساروٕے کوٚر

فأصلہٕ زِ ییٹِس کالس مأدان خأل گرٕھ، تۆ تام دِمو خانہٕ مألک صأبنس اَستانس پیٹھ حأضری۔ سأری کھِلاڑی دڑاے یکہٕ وٕتھٕ۔ ژووا پاسیٚے اُسی لُکھ، زنانہٕ، مرد، شُری تمام أنٛدی پٔکی کھو گامو پیٹھ مألکہٕ وُچھنہٕ آمتی۔ جایہِ جایہِ اُسی دُکان بجتھ۔ کُنہِ جایہِ ہٕنگرِ کٕنہٕ، کُنہِ جایہِ سورمہٕ، پٹرٕ بن پیٹھ پلو تہِ یمٕنے مُخألف دۄر دۄر تام مونجہِ گربن ہٕنٛدی دُکان، مونجہِ گۄلی تہٕ تژٕ تژٕ مونجہِ پورلٹہٕ تہٕ گرٕ بکہٕ وٕنو کرٕ ایو منز وتھوٗن دٕہ اُچھن کرٕ ہٕتھ دِوان مگر مونجہِ پورلٹہٕ اُسس آب انان۔ سأری کھِلاڑی وأتی اُتھی منظرناس سام ہوان ہوان اَستانچہِ ڈیڈِ تل۔ سأری سپدی سرخم تہٕ پٔنہٕ پٔنہٕ جایہِ لوگ سارِوٕے منگُن۔ کُمی کیاہ موٚنگ، تہِ چھےٚ پانسے پےٚ نتہٕ خانہٕ مألِسؒ۔ البتہٕ رشیدن کوٚر ٹیمچہِ کامیأبی خأطرٕ بڑٕ بڑٕ دعا، یتھ سارِوٕے آمین کوٚر۔ اُتھی منز آوا کھلرکہٕ یمن نٔش دوران تہٕ وۄننگھ ''پٔزاران حق چھوٕ، مأدان گوٚو خألی۔'' سارِوٕے تُج دور تہٕ گےٚ مأدانس منز دأخل۔ دمالہِ مأدان اوس ووٕنی مکمل کرکٹ گراوٗنڈ بنیومُت۔ وِکٹ اُسی کھرٛا۔ مُخألف ٹیمکی کھِلاڑی اُسی لأن بنأوِتھ۔ تہٕ یمو تہِ نیہ تمن کُن وُچِھتھ لأن بنأوِتھ۔ لُکھ تہٕ ہیٚتِن ہِتلہِ رَز نبر نبر ہٕنی۔ گراوٗنڈ اوس ژھٕٹہٕ ماران۔ تہٕ اُتھی منز گیہِ سائرن کٔگن تہٕ مِنسٹر صأبُن قأفلہٕ گوٚو مأدانس منز دأخل۔ اَکِس خاص جایہِ اوس ٹورنامینٹکہِ اِفتتاح خأطرٕ اکھ رِبن تہِ گنٛڈنہٕ آمُت، یُس مِنسٹر صأبن ژوٗٹ۔ تس آو پوشہِ ورشُن کرنہٕ، ژرِپوٚپ تہٕ گوٚو سبٹھاہ۔ ییٹِس کالس

اُسی لُکھ تہٕ واریاہ جمع گاٗمتی۔ مِنسٹر صاۓب ووٗتھ ماٗدانس منز۔ تس آو لبگ گارڈ گنڈنہٕ، ہیلمِٹ، گلوز بیترِ تہٕ دِنہٕ۔ بیٹ رٕٹتھ ووت سُہ کرٟزس پٮ۪ٹھ تہٕ بال آیہِ رشیدس دِنہٕ۔ اَہنٛدِ ٹیمکی کھلاڑی آے ساری ہے ماٗدانس چھکرنہٕ۔ سارِنے لُکن ہنز نظر چھےٚ بالہِ تہٕ مِنسٹر صاۓبس پٮ۪ٹھ۔ ساری چھِ مِنسٹر صاۓبس زندہ باد کران۔ سورُے گراونڈ چھُ نعرٕ وٕستی گرٕزان تہٕ اُتھی منز آو رشید دوران دوران تہٕ ٹورنامینٹ گوڈنچ بال تہٕ ترٕ ہوٕے وِکٹ پتھر۔ مِنسٹر صاۓبس گوٚو نہٕ اندازٕے زِیہِ بال کپاٗری آیہِ تہٕ کپاٗری درٕایہِ۔ مِنسٹر صاۓب گوٚو ہےَ بنگہٕ، سارِے گراونڈس گیہِ ژھوپہٕ، نعرٕ گئے خاموش، مِنسٹر صاۓبن کوٚر بیٹ حوالہٕ تہٕ رَسَے درٕاو پویلین کُن۔ ساری ملازم اُسی تس پتہٕ پتہٕ پشیمان ہوی، زن اُسی تہِ آوٹ گاٗمتی۔

''یہِ لڑکہٕ کُس ہٕض چھُ شریف صاۓب؟''

''یہِ ہٕض چھُ حاجی شعبان صاۓبنہِ کورِہُند لڑکہٕ، رشید۔''

''یہِ چھا ماتامال گِندنہٕ آمُت؟''

''آہن ہٕض۔''

''مگر ٹیم گٕژھہ خاۓص گامُک آسُن۔''

''آہن ہٕض تہٕ چھُ پوٚز، مگر یہِ تہٕ چھُنا ییٚمی گامُک خوٚن۔''

رشیدُن بوٚڈ مام اوس اُتی کھڑا، ییٚمی ہٕندی جوابن منسٹر صاۓبُن سوچ پامال کوٚر۔ تام گوٚو ٹاس۔ رشید صاۓبنس ٹیمس آیہِ بولنگ ہٕسس۔ منسٹر گوڈنچہِ

بالہٕ آوٹ گٔرِتھ أسی رشیدٕنی حوصلہٕ سٮ۪ٹھاہ بُلند۔ تِمو لٔاج ووٕنی زیٛادٕ تیز بال کرٕنی، یٮ۪مہٕ کِنی مخالف ٹیٖمکی ژور بیٹس مین بس ترٕہ رَنہٕ بناوِتھ آوٹ گئے۔ پوٗنژِم تہٕ شیٚیم کھلاڑی دریو کینژٕس کالس۔ موختصر شیٚتن رَنن پٮ۪ٹھ گوٚو سورٕے ٹیٖم آوٹ۔ دُپہر چہِ نمازِ پتہٕ لوٚگ بیٚیہٕ میچ۔ تہٕ رشیدنہٕ ٹیٖمکی کھلاڑی گئے جلدٕی جلدٕی آوٹ گژھان۔ پٔژاہن رَنن پٮ۪ٹھ گئے پانژھ آوٹ۔ رشید ووٚتھ شیٚیم پلیئر۔ تس تہٕ باسیوٚ گنٛڈُن سٮ۪ٹھاہ مُشکل۔ گوڈٕ گوڈٕ ہیچ نہٕ تِمو تہٕ بال بٕجتھ مگر پننہٕ عقلمندی ستی گوٚو وِکٹ بچاونس منٛز کامیاب۔ سٮ۪ٹھاہ وارٕ وارٕ کرِتھ ہندی ٹیٖمن بیٚیہٕ وٗہ رَنہٕ تہٕ بیٚیہٕ ژٕ کھلاڑی گئے آوٹ۔ ووٕنی چھے ژٕننس تام کاہ رَنہٕ تہٕ ترٕے کھلاڑی۔ رشیدن بناوِ کنوٗہ رَنہٕ۔ أتھی منٛز دیُت مخالف ٹیٖمن أکس سپن بولرس چانس تہٕ رشیدس میوٗل موقہٕ گنٛڈنک۔ ترٕبن بالن منٛز بناوِ تِمو باہ رَنہٕ تہٕ گٔرن گوڈنچ کامیأبی درج۔ سورٕے گراوٗنڈ گٔز بٕڑیوٚ ژٔر پہٕ ستی۔ ہُپأری اوس خان صأبن مالہٕ شابس پٮ۪ٹھ تہٕ سأری کھلاڑی وژاے نالہٕ موٚت گٔرِتھ بازر۔ مگر رشیدن کوٚر رنگھ تِمہِ زِ کانہہ تِتھ چیز کھبزِ بونہٕ یٮ۪مہٕ ستی بِمار گژھنک خطرٕ آسہٕ۔ مِثالے، ہند وِند، مونجہٕ گوٗلی، مونجہٕ پوٗرٕ اِٹہٕ بیترٕ۔ سأری کھلاڑی أسی خوٚشی منٛز تہٕ شاید أس امی ستی یمن یَڈ بٕرِتھ۔ کانہہ تہٕ اوسنہٕ کینہہ کھیوٚن یژھان۔ یٹس کالس لمہِ دُہک شام سپُد تہٕ رشید ووت تِمنے کھاہن منٛز، تِھی جایہِ، تِھی آفتابس مُدٕے گنٛڈنہٕ۔

داہن دوہن رۆدیہِ ٹورنامینٹ چلان، یٖمہِ کنٛہ یٖمہِ ؤری یہِ یہِ مائلہٕ تہٕ لگ بھگ داہن دوہن پٕٹھ وہراونہٕ آو۔ طرفا تو پٕتھ آے لُکھ مائلس منٛز شرکت کرنہِ تہٕ بیٚیہِ پننہِ پننہِ گامُک میچ وُچھنہِ۔ کینٛہہ معمولی جھگڑو باوجود تہِ ووت یہِ ٹورنامینٹ فائنلس تام۔ تہٕ فائنل میچ لوٗگ بیٚیہِ تمنٛے ٹیمن، یمو ستی امہِ ٹورنامینٹُک آغاز گوٚیوٚو۔ سبٹھاہ لُکھ آے ژٕستھ امہِ دوہہ اتھ گراونڈس منٛز یہِ میچ وُچھنہِ۔ وُچھن والین منٛز اُسی ڈھولہٕ وألی تہٕ شہنائی وألی تہِ پننین پننین ٹیمن حوصلہٕ بڑھونہٕ خاطرِ ریاستی کھیلن ہُنٛد وزیراوس مہمانِ خصوصی۔ تہٕ میچ گوٚو برابر دَہہ بجہِ شروع۔ سأری ہے گراونڈس آو پولیس ترٛاونہٕ۔ دوٗر دوٗر تام اُسی صرف لُکھ یوان اتھِ۔ شُری تہٕ جوان اُسی کُلین کھٔستھ یہِ میچ وُچھان۔ دوٗر درشنگ تہٕ ریڈیووٗک عملہٕ تہٕ اوس اتھ کورتج دِنہٕ موکھ اور ووتمُت۔ یٚیتہٕ زیوٗن رشیدٕنی ٹیمن ٹاس مگر تمی دیُت مخالف ٹیمس گوڈٕ بیٹنگ کرنُک موقعہٕ۔ تس اوس باسان زِ سکورس پتہٕ پیچھا کرُن چھ آسان روزان۔ میچ گوٚو شروع تہٕ رشیدن کوٚر گوڈ ٹیک اور۔ یہِ اوس میڈ اِن اور۔ رشیدس اوس پننہِ جایہِ توقع زِ گوڈنکس اورس منٛز گوٚژھ تس وِکٹ میلُن مگر میوٗلُس نہٕ کینٛہہ۔ مخالف ٹیم تہٕ اوس مضبوٗط تہٕ بیٚیہِ اوس تمن ووٗنی رشیدنہِ بالہٕ ہُنٛد اندازٕ کم کینٛہہ سمجھ آمُت۔ میچ گوٚو بڑونہہ پکان، گرٛشمہٕ ژٕنڈ اُس، اَسمانس پٕٹھ اوس نہٕ کانٛہہ تہِ اؤبرٕ لنگ، یُس آفتابس ٹھُرِ یہِ ہے۔ دوٗر گٕنہ گٕنہ جایہِ اُس عنبد باُتن ہنٛز آواز تہِ یوان۔

رشیدنہٕ بالہِ زن اوس نہٕ از تیُتھ اثر۔ یہِ اوس نہٕ رشیدس پانہٕ تہِ سمجھ یوان۔ شاید اوس سُہ تھوٚ کمُت واریاہ۔ بہر حال مخاٗلف ٹیمن بناوِ پنٛژاہ رَنہٕ کاتھہ کھِلاڑی آوٹ گژھنہٕ وراۓ۔ امہِ ستی برٛھیوٗ وٕتھنٛد حوصلہٕ تہِ تِمو لوگ کھُلہٕ پاٗٹھی گنٛدُن تہٕ یِہوے اوس رشیدس موقہٕ زِ تِمۍ روٗٹ بیٛیہِ پانس اور تہٕ ژور کھلاڑی کرِن اکھاٗ اَکس پتہٕ آوٹ۔ یہِ اوس تِہنٛزِ زندگی ہُنٛد گوڈنیک موقہٕ ییلہِ لگاتار ژورن بالن ژور کھِلاڑی آوٹ گۓ۔ سکورلوٚگ تھامہِ، مخاٗلف ٹیمن ہیوٚت بیٛیہِ وارِ وارِ گنٛدُن تہٕ پٔنُن بچاو کرُن۔ مگر ووٗنی ہیٛکی نہٕ تِم سنٛبھلِتھ۔ اٗکس ہتس تہٕ وُہن رَنن پیٹھ گوٚ وسوُرے ٹیم آوٹ تہٕ لنچ ٹائم سپد۔ دونوٗنی طرفن ہٕندی کھِلاڑی ژاۓ اٗکس سائیبانس تل کیٛنہہ کھینہٕ باپت۔ رشیدس اٗسی ساٗری کھِلاڑی نالہِ مُتی کران زِ تِہنٛزِ بالِنگ کِنی لوٚگ مخاٗلف ٹیمس اٗکس ہتس وُہن رَنن پیٹھ گنٛڈ۔ لنچ ٹائمہٕ پتہٕ گوٚو بیٛیہِ میچ شروع۔ ییمہِ لٹہِ دژاو رشید پننہِ بحثیت اوپنر تہٕ گوڈنچن بالن گنٛدُن سبٹھاہ اصل پاٗٹھی تہٕ داہن اَورن منٛز بناوِ تِہنٛدی ٹیمن پنٛژاہ رَنہٕ۔ یہِ اٗس سبٹھاہ جان ایورِیج تہٕ اتھ منٛز آسہٕ رشیدنہٕ ژتجی رَنہٕ۔ امہِ پتہٕ گۓ یِہنٛدی کھِلاڑی آوٹ گژھان تہٕ رشیدس باسیوٗ وٕزِ تِہنٛدِ خاطرٕ چھےٚ ١٢٠ رَنہٕ بناونہِ سبٹھاہ دشوار۔ مگر شاید اٗسِ تس کامیاٗبی طالعس لیکھتھ زِ سُہ گوٚو کرٛیزس پیٹھ توٚتام ڈٔرِتھ یوٚتام اکھ ہتھ تہٕ اکوٗہ رَنہٕ بَنییہٕ۔ توہنٛد ٹیم گوٚو فاینل زیننس منٛز کامیاب۔ ڈھول تہٕ سورنَیہٕ وٕزنییہٕ کمہٕ انمانہٕ۔ سوُرے گام وۄتھ

گراونڈس منز۔ گرِ دٔگیہ اَسمانس کھسان، گرِ دِ منز تہٕ جوشس منز اوٗن گُمی تام رشید پیرِ منزٕ کرِتھ تہٕ واتنووٗن سائیبانس تل۔ جشن اوس چلان تہٕ امہِ پتہٕ گیہِ اکھ لوکٹ موکٹ تقریب، یتھ منز "خانہٕ مولؒ ٹرافی" زینن وٲلِس ٹیمس دِنہٕ آیہِ۔ بیٚیہِ آیہِ مین آف دی میچ تہٕ مین آف سیریز ینامہٕ تہٕ دِنہٕ۔ یمن دونٕوٕنی ینامن پٮ۪ٹھ کوٚر رشیدن قبضہٕ تہٕ منسٹرن دِژ پننہِ طرفہٕ رشیدس داہن ساسن ہنٛز چیک، تہٕ ٹیمس پنٛژاہ ساس روپیہٕ۔ تٔہندِ موختصر تقریر سٗتی ووت یہِ ٹورنامینٹ اند۔ رشید بوٚڑ پننیٚ کِھلاڑیو نکھس تہٕ پھِر نووٗکھ گامس ٹرافی ہیٚتھ۔ پتہٕ پتہٕ اَسی ڈھولہِ وٲلی تہٕ سورنَے وٲلی۔ سوٗرے گام اوس دوسَو تہٕ دیوارو تہٕ کٲنی یو پیٹھی یمن تماشہِ وُچھان تہٕ رشیدس وُچھِتھ خوش گژھان۔ سوٗرے ٹیم ووت موقدم سُند گرٕ۔ موقدم صاَب اوس استقبالس کھڑا۔ تٔہنز کوٗرٕ اَس بالا درِ پیٚٹھ بِہِتھ رشیدس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ رشیدن تُجہِ نہٕ تورٕ کُن اَچھ کینہہ۔ موقدمن روٗٹ رشید نالہِ مَتہِ تہٕ کنٕس تل وٕننس۔

"کاش ژٕ مےٚ اولاد آسُن۔"

"فرق نہٕ حض چھنہٕ کہنی۔"

"بے شک چھینہٕ، مگر واریاہ چھے۔ ینگاہ نیرَ کھ ژٕ واپس تہٕ یہِ ٹیم واتہِ بیٚیہِ توٚتے یتیٚتھن یہِ اوس۔ اِو کنہِ چھینہٕ مےٚ زیادٕ خوٗشی تکیا زِ بہٕ چھس یٚیمہِ ٹیمُک مستقبل وُچھِتھ ہبکان۔ خاٗر پرِتھ کانٛہہ چھُ حالس منز زِندٕ تہٕ تی چھُ دوٗستو رتہٕ۔ تہٕ حالس منز چھِ اَسی کامیاب، اسہِ زیٚنی "خانہٕ مول

ٹرافی''۔ تہٕ ییمہٕ گامہٕ کِس تاأرٕ تخس منٛز چھےٚ یہٕ گوڈنچ وِز زِیہٕ ٹرافی ژالیہٕ سون گرٕ، سون گام۔ شکریہ۔ پکِو اَژِو اندر، ٹُنہٕ چاےٚ چھےٚ انتظارس، ٔبہ تہٕ آس۔'' سورُے ٹیم چھُ اندر اژان تہٕ بہان۔ موہنوٗ چھِ ٹُنہٕ چاے تہٕ گلٕ چہٕ کِھلاڑٕ ین دِوان۔ اَتھ منٛز چھِ شازی اژان۔ سو چھےٚ فوٹو ٹلان۔ بِسیار فوٹو ٹُلتھ چھےٚ رشیدس ستی کینٛہہ سیلفی تہٕ ٹلان۔ رشیدس پوٗز رٹنہٕ خاطرٕ ونان مگر رشیدٕ چھُ مند چھان تہٕ کتھ تام چھُ چاے چیتھ موکلاوان۔ تام چھُ موقدم تہٕ اژان۔

''شازی! رشید صابنہٕ ستی ہیچ ٹیمس اکھ نٔو زندگی۔''

''بے شک ابو جی! رشید صاب رٕئی وٗن پیٹھی گامس منٛزٕ رے۔''

''تہٕ کتھ گٔنی چھُ ممکن۔ یہٕ چھُ وُڑو نارٕ برٛہہن ہُنٛد۔ پَے چھا کوٚ تام کھسن''

''ابو جی! ییم ساری کِھلاڑی سوٗزی وٗکھ کرکٹ اکیڈیمی منٛز وُریس ٹریننگہٕ باپت۔''

''ییم چھِ اَڑی پران، اَڑی موٗ زوٗری مشقت کران، گتہٕ چھُ یہٕ ممکن۔'' یی ونان ژاو رشیدُن بڈٕی بب، نانی تہٕ بوٚ ڈمام اندر۔ تِمو روٗٹ رشیدٕ نالہٕ مَتہٕ۔ مامن کوٚرنس ڈیکس میوٗٹھ۔

''مے حض اُس پَے زِیہٕ ٹرافی اَنو ییمہٕ لٔٹہٕ اَسی۔''

بشیر صاب! تُہنٛدِس ٹیمس چھس مبارک دِوان تہٕ توہہ تہٕ تِکیاز

تُہندی کِنی چھ یتھ گامس منز کرکٹ زنِد۔"

موقدم چُھ أندری یمو جُملو ستی خوش گژھان مگر باس چُھنہٕ دِوان۔

"یہِ حض چھِ بس رشید صأبنہٕ مِلتھ۔ أہندی محنتن کور یہِ خاب پوٗر، نتہٕ کتہِ حض۔ بِہو حض چاے چمو۔"

"نہ حض نہ، توہی بِہو، اسہِ چُھ گرِ تھوڑا نیاے۔ رشیدُن بُڈی بب وۄتھ جلدی منز۔"

"کیا حض ڈِلیل؟"

"یہِ اوس مجیب لالہٕ أدی گرٕ آمُت۔ پتہٕ چھیٚو توہہ پے زِ پتہٕ کم چھِ یوان تہٕ کیاہ چھِ کران۔"

"آ! پے چھم، گوڈٕ کوٚرتُمی تہِ مصیبتھا اکھ شروع۔"

"ہتہٕ حض، ووٚنی ہے گلہِ ہی، جان اوس، أسی تہِ کرہَو آرام۔" یہِ وٕنتھ چُھ رشیدُن بُڈی بب تہٕ نأنی نیران تہٕ باقے تہِ اکہِ اکہِ۔ رشید تہِ چُھ یمن کتھن پیٹھ أندری غور کران زِ تُہندِ بنہ پتہٕ کم چھِ یوان، کیا زِ چھِ یوان۔ سارِنے سوالن ہُند جواب اوس ناممکن۔ بہر حال یپأری اوس سُہ ازیک ہیرو۔ موقدم سنزِ خاندارِنہِ اوٚن اِسبند تہٕ کانگر تہٕ زوٗلن اکہِ اکہِ سارِنے اِسبند۔ اِسبند چہِ ٹُسرایہٕ ستی أس شازی رشیدس أچھو تہٕ کھورو کیاہتام ہاوان، یہِ نہٕ تس فِکرِ توٚر۔ سودرٕ لیہِ لمہِ کمرِ منزٕ نبر۔ کمرس منزٕ أس عجیب ووسہٕ

دٕژ وسہٕ۔ اِسبند دٕہ اوس سأرِے کمرس پھألان تہٕ وارٕ وارٕ ہیوٚ رکھسان تہٕ ختم بند تالوٗس نالہٕ مَتہٕ رَٹان۔ رشید نس فونس آیہ میسیج، تمۍ ٹُل فون، یہِ اوس نا موٗلوٗم نمبر، مگر میسیجہٕ تلہٕ توٚرتس فِکرِ زِ یہِ کٔہنز گرٕژھ آسنۍ۔ سُہ وۄتھ تہٕ ووت وُزس منز۔ تِمس دیُت زٕن ہُتھی لگن دَھکہٕ تہٕ آوأ ۔کس کمرس کُن لاینہٕ تہٕ ہتی ژٕلیہِ اتھ کمرس منز شازی تہٕ درواز کوٚرُن پانس پتہٕ بند۔

''بہٕ چھس ژٕ ے مبارکباد دِیُن یژھان۔ امہِ خأطرٕ نہٕ زِ ژٕ ے زیوٚنتھ میچ، بلکہ امہِ ۔کنۍ زِ از میوٚل ابو جیئس تہٕ، یہِ سُہ وٕری وادٕ و پیٹھ یژھان اوس۔ از گوٚ وتو ہند خاب پوٗر ۔پے چھییہ! تمۍ کأژاہ محنت چھے یہِ ٹیم بناونس منز کرٕمٕژ۔ کوٚتاہ پوٗنسہٕ چھِن یہِ ٹیم آرگنایز کرنس پیٹھ خرچ کوٚرمٕت۔ مگر از چھ سوٗرے ٹھیکھ باسان۔ از چھ باسان زِ محنت تہٕ پأنسہٕ دوٚنوٚے لگۍ صحیح وَتہٕ۔ سے مبارک دِنہٕ خأطرٕ اُسسے بہٕ ژٕ ے نمبر نیرنہٕ خأطرٕ اِشارٕ کران مگر بد قسمتی چھے یہِ زِ ژٕ چھکھ نہٕ اِشارن ہنز زبان سمجھان۔ ژٕ چُھکھ فقط بالہٕ ہنز حرکت تہٕ بیٚچ ٹُل ترٛاوِتھ سمجھتھ ہیکان۔ چھکھ نا؟''

''بِلکُل۔''

''اُسی ہیکوٚنہٕ از پننِس رِشتس کانٛہہ ناو دِتھ، اُسی چھا دوست یا کنہٕ امہِ علاوٕ کینٛہہ۔ تِکیازِ یہِ چھ فقط سون دۄیم مُلاقاتھ۔ تہٕ بہٕ چھس نہٕ تِمن جذباتی کوربن ہش، یِمہٕ فیس بُکس پیٹھ پٔننۍ رِشتہٕ تہٕ پٔننۍ خاندر اَنزراوان چھے۔ بہٕ چھس شازی! بہٕ چھس میڈسن پران! دۄیم وٕری چھُم۔ تہٕ شہرٕ

چھبس باغاتہٕ پننہٕ ماتا مالہٕ روزان۔ خوداین یوٚ دوَے یوٚ ژھ، کینٛژھ وُہری
میلَو ییٚنہٕ، یوٚ دوَے چانٛس پکنس منٛز یہوے حرارت آسہِ، یو ہے تٔۄر
آسہِ۔ وُژو جنوٚنہٕ برٕتھ آسہِ، تیٚلہِ رلاوَو اتھ تہٕ پکو بڑونہہ۔ چُھنا رشید
صأب!...... وخ کیٚاہ کرِ تہٕ کیٚاہ کرناوِ، تہٕ چھینہٕ کانٛسہ پَے، ہاں اگر مےٚ
زندگی منٛز کینٛہہ کوٚر، کانٛہہ مقام پژوٚوُبہ یمہٕ ضرۆرتوٚہہ نِش، تَتہٕ مأنی تو یہ
ملاقاتھ صرف اکھ خاب، پٔنٕن اکھ وجوٗد پژاونس منٛز گژھو کامیاب، بس چھےٚ
یہے میٲنی خوأہش۔ گُڈ بَے اینڈ گُڈ لک۔" شازی چھِ رشیدس ہینڈ شیک
کران تہٕ کمرُک درواز یلہٕ ترٲوِتھ رشیدس نبر نیرنُک اِشارٕ کران۔ رشید
چُھ واپس کمرس منٛز اژان تہٕ ژیرتام چُھ کتھ باتھِ ہُند تہٕ قہوٕک دور چلان۔
شامن ژیٚری ییٚلہِ رشید ماتا مال ووت، تس گیہِ حأرانی زِ سأری أسی تس بَتس
پژاران، بڑی کھولوٕ کٹ۔ بڑی مامن کوٚر تس یژھ ہندی پأٹھی استقبال تہٕ
بیٚہنووُن۔ امہِ پتہٕ لوٗگ دسترخوان تہٕ قسمہٕ قسمہٕ چہِ ضیافژ واژ بڑونہہ
کُن۔ زن أس مہراز سب تہٕ تمی انمانہٕ اوس ہاوَ بھاوَ تہٕ لول۔ رشید اوس از
پننہِ نِس قسمتس پیٹھ فخر کران، شاید اوسنہٕ تمی زانٛہہ یہِ سوٗنچ مُتے زِ تٔہنزِ زندگی
منٛز ییہِ یتھ تہِ اکھ دوہ، یُس تس شوہرت رکس آکاشس واتہٕ ناوِ۔ ییٚلہِ سُہ
پٔنٕن گرِ، پٔنٕن مول یاد کران اوس، تس أس أندری ترکھسان۔ تس اوس مأجی
سُند سُہ ببلٹ أچھن تل یوان۔ خأر رشیدن سوٗنچ زِ ووٚنی آسہِ تس ہندِس
سوچس منٛز تہِ، تبدیلی آمٕژ۔ ووٚنی کرِ نہٕ سُہ تہِ، یہِ سُہ کران آو۔ رشیدن

پٲٹھری اتھ، ماس، بُڈی بس تہٕ نانہِ ہیوٚتُن اِجازَتھ تہٕ ہیوٚتُن شوٗنگنہٕ خاطرٕ پنٕنِس کُٹھِس کُن کھسُن۔ درواز س کُن پھیران پیٖیِس سلیمہٕ نِس بُتھِس کُن نظر۔ سوأ س از سٕبٹھاہ خوش باسان۔ رشیدن ہیوٚ کھ نہٕ یہِ سمجھِتھ زِ یہِ خوٚشی چھا امہِ کِنی زِ از اوس تس خاندار گرٕ آمُت، کِنہٕ یہِ خوٚشی چھےٚ امہِ کِنی زِ گامن زیوٚن میچ۔ بہرصورت ہیوٚک نہٕ رشیدٕ امہِ کتھِ ہُند اندازٕ لگاوِتھ۔ یِتِس کالس تمی کمرُک درواز ترٛووٕ، تہٕ ہیرن کھٕسِتھ پننِس کُٹھِس منٛز کُٹھِس منٛز وأتِتھ دِژ تمی دارِ کِنی نظر۔ آبہٕ کول اُس گٕلی دوٚ پھوٚٹلی وسان۔ آب چمکان تہٕ اُچ آواز تہِ اُس زن از بلکُل صاف۔ سُہ رؠ د کینٛژِس کالس اتھ وَسوٕنہِ کولہِ مُدٕ ے گنٛڈِتھ۔ تس اُسی قدرٕ تکی یم رنٛگ خوش گرٛھان۔ تس اوس باسان زِ قدرت چھِ اسہِ واریاہ ہیچھناونٕچ کوٚشش کران مگر اسہِ چھنہٕ کہنٛہ تہِ فکرِ تران۔ لیس یہِ زبان فکرِ ترِ، سُہ گرٛھ دنہٕ زانٛہہ تہٕ کُنہِ مالس منٛز بند۔ دوہلہِ یوٚ دوٕ ے گرٕم اوس سخ آسان مگر ترٛژھے ٹھنٛڈٕ اُس راتھ روزان سکوٚن ہبتھ، شیٖہجار ہبتھ۔ تس اوس دُ ٹک پرٕتھ کانٛہہ ژیٖہہ زن تمبٕرِن ہٕندی پأٹھی بٕرٛونٛہہ کنہِ رٕقص کران۔ تِہنٛزٕ بالہٕ، تِہنٛز بیٹِنٛگ، کِھلاڑٕ بن ہُند آوٹ گژھن، لکن ہُند شور، منسٹر سُند ینامہٕ دیُن، اکھ اکھ ژیٖہہ اوس تس بٕرٛونٛہہ کنہِ نژان تہٕ ژلان تہٕ یمن سارِنٕے ژیٖہن تلہٕ کنہِ اوس سُہ ژیٖہہ، یٖیلہِ شازی رشیدس ہینٛڈ شیک کوٚر۔ یتھ اتھس منٛز دہس بیٹ تہٕ بال اُس، تتھ اتھس منٛز آو شامن اکھ نرم تہٕ مُلأیم اتھ...... اکھ

وومید ہیتھ اکھ چیلنج ہیتھ۔ رشیدن گرٕ اتھ ستی یم سأری ژٕہی یورٕئن تہٕ پھیوٗر پتھ تہٕ ژاوٕ بسترس۔ کولہٕ ہُنٛد شرٛ ونی تہِ اوس نہٕ تس ازٕ ننٛدٕر ہبکان پاأوِتھ۔ تمہِ کرٕ اُچھ بند تہٕ أتھی منٛز کرپیٔیہ تس ننٛدر، تہِ چھےٚ بس تتھ تارکھ نبس پےٚ، تیمہٕ سہ أکس بدلے عالمس منٛز واتہٕ نووٕزن تہِ خابک عالم......

رشیدٕ بال کرنہٕ خأطرٕ تیار، مگر عأرقہٕ شرٛ لنہِ وسان۔ سُہ یِوان دوران تہٕ کشہِ بال لایان، یہِ بال زن زنگو منٛزٕ وِکٹن لگان تہٕ کھلأ ڑِس آوٹ کران۔ أتھی ستی اکھ عجیب آواز لگن ہنٛز ووتلان، شورنہٕ کینٛہہ، ئلی کہِ زن سرپھ ہنٛدِ شکار ژھانڈٕنچ آواز۔ تس باسیوٚ وٕزِ سہٕ تھوک۔ تمہِ تڑ ووٚپٔن پانٕ پتھر۔ تہنٛدی سأری پلوزن أسی اکہِ اکہِ خبرکمی کڈی متی تہٕ ننگے تڑ ووٚمُت۔ تمہِ کوٚر اتھہٕ ستی پٔن پان محسوٗس، واقعی اوس ننگے۔ سُہ گوٚ وتھوٚ دوٕتھتھ عأرقہٕ ہوٚتے تہٕ لوٚگ سونچنہٕ زِ یہِ کیاہ سپُد۔ أتھی ستی یتھُے پلو ژھانڈنہِ لوٚگ، أمس باسیوٚ وٕلرِ گستام شوٚنگتھ، سُہ گوٚ وحأران تہٕ حأرأنی منٛز دِژن کرٛ بکھ۔

"کُس چھوٕ؟"

"وٕخ مہٕ کربُر باد۔ اسہِ نِش چھِ بس کینٛہہ ژٕہی ووٕنی۔ پگاہ کھسہِ آفتابہٕ، بٔیہِ آسہِ سے گاش، سے ماحول، سُے گام مگر بہٕ آسہٕ بدلیمت۔"

"ژٕ کوسہٕ چھکھ؟"

"وأنجِ گاشہِ دُچھ مےٚ، اَتھوٕ ستی کرِ محسوٗس مےٚ۔ وٕس یون، میوٗن جسم کرِ چون ستر۔ وٕخ مہٕ کر ضایہٕ"

"سلیمہٕ۔"

"نہ سلیمہٕ...... نہ بیٚیہٕ کانٛہہ...... ئہ چھبس بس اکھ زنانہٕ۔ پنٕن

حق ژھاران۔ وس بون۔"

رشیدٕ چھُ وارٕ وارٕ بون وسان۔ چھرٕ و گاڈٕ ہشہٕ نرٕ چھےٚ لتس نال

ولان۔ سُہ چھُ أچھ بند کران تہٕ امہٕ پتہٕ کأتیاہن طلسمی دروازن چھُ سُہ

اژان، تہٕ چھینہٕ لتس تہٕ گژہنٛد روزان۔ توہنٛد وجوٗد چھُ وارٕ وارٕ وبگلان تہٕ

پھألان، أتھی بسترس منٛز، أتھی لیفہٕ تل۔

صُبحن ییلہٕ آفتابہٕ کھسان چھُ تہٕ أہنٛدِس بُتھس پیٹھ دستک دِوان

چھُ، رشیدٕ چھُ یہٕ گاش أچھن منٛز محسوٗس کران تہٕ أچھن مُرن دِتھ أچھ

مُژراوان۔ لتس چھُ پنٕن خاب یاد پیوان۔ سُہ چھُ پانس ساران۔ پلو چھِ

سأری لأرِتھ۔ سُہ چھُ کھوٗرِ رکنۍ نظر دِوان، بسترس منٛز تہٕ چھنہٕ کانٛہہ۔

سُہ چھُ لیف تُلان تھوٚد، بسترس تہٕ چھنہٕ لتس کانٛہہ کیٚنۍ نظرِ گژھان۔

"یہٕ کیٛتھ خاب اوس؟" رشیدٕ چھُ پانس ستۍ ژیتھ دِوان۔

"خابے اوسا کِنہٕ حقیقت، مگر یہٕ کُس وَنہٕ مےٚ؟" سُہ چھُ پانَے

پانس سوال تہٕ کران تہٕ جواب تہٕ دِوان۔ أتھی ستۍ چھُ بسترس الوداع

کران۔ یہٕ أس از اتھ گٹھِس منٛز أہنٛز آخری راتھ۔ تِکیاز داہ بجے چھُ

أہنٛدِس مامس شہر وَسُن تہٕ سُہ والہٕ أمِس پانس ستۍ گاڑِ منٛز۔ رشیدن کوٚر

بسترس تہہ تہٕ تھوٗن الماری منٛز۔ اَتہٕ پیٚیس واریاہن ڈبن تہٕ ٹھیلن کُن

نظر۔ سُہ گوٚ حأران زِ یہِ کیاہ...... راتھ نَے اَتھین کھٕنٛز اوس۔ دراصل آسہٕ ماتا مالن أہنٛدِ خأطرٕ ڈالہِ سجاوِمٕژ۔ کینٛہہ سبزیہِ، بالہٕ بادام، بوٹہٕ ژٕیرٕ، راز ماہ، کینٛہہ ہوٚکھہِ سٕنٛز۔ قسمہٕ قسمہٕ چیزٕ وأسی یِموٚ بیگ بٔری مٕتی، یِم رشیدٕ پانس سٕتی گرٕ والہِ ہے۔ یِمن دوہن گٔر رشیدن اکھ عجیب کتھا ماتا مالہٕ محسوٗس۔ اتھ گرٕس منٛز اوس نہٕ کانٛہہ تہِ زامٕتری سُنٛد ناوہوٗان، نہٕ تٔہنٛز شیٚچھ خبرٕ ے مولوٗم کران۔ شاید أسی یِم تہِ تٔہنٛدی ورتاون تالہِ کٔنٛز أنٕ مٕتی۔ تہٕ شاید أسی نہٕ اوٚے یِم تورتہِ یِوان۔ رشیدن چیٚنہِ چاے تہٕ مام آوکھاہن راوِٹ کٔرِتھ گٕرِتہٕ وۄٚنُن رشیدس:

''لٲرِ گوحض پلو، أسی نیرَو۔''

رشید چُھنہٕ توٚ تام ووٚتھُن یِہٕ ہان یوٚ تام نہٕ سلیمس وُچھِ ہے۔ مگر سلیمہٕ چُھنہٕ تَس نظرے گژھان۔ سلیمُن بژ وٕنہہ گٔن نہٕ یِن چُھ رأژہنٛدِس خابس پیٹھ سوال کھڑا کران زِ سُہ اوسا واقعی خاب کِنہٕ حقیقتھ...... خأر، رشید ووٚتھ وٕلی وٕلی تہٕ کھوٚت سکھرٕ نہِ۔ کمرس تیٚتھُے ژاو، بتھِ پیٚیس سلیمہٕ۔ تس اوس ہنگرا تھن منٛز، یَتھ منٛز رشیدنی پلو پرٕبس کٔرِتھ أسی۔

''لٲرِ گو، پلو چھِ پرٕبس کٔرِتھ۔''

''مگر ژٕ چھکھہِ سوے، یوسہٕ راتھ تام مےٚ درٕ ییٚٹھی اُس گژھان۔''

''نہ...... یہٕ چھس نہٕ واقعی سوٕ، یہٕ بدلیَس۔ یہٕ بنیَس اکھ وجوٗد

وونی ۔ بہٕ چھُس چانی شُکر گذار۔ تہٕ مرن وخت تام روزٕ چانہٕ احسانچ شُکر گذار۔ "Thank you for all,"

انگریزی جُملس منٛز ژورِ معنیٚس یام رشیدٕ سٔنیوٚ، تس زن ڈٔلی ہوش۔ تس گوٚو پورٕ یقین زِ کیا ہتام چھُ سپدٕ مُت۔ خاًر، سوٚچنس سُٔب اوس نہٕ تس وِنکنبس وخ۔ تمی بدلاوی پلو تہٕ وۄت بون۔ گاڑی اُس آنگنس منٛز پژاران۔ رشیدن ہیوٚت اکہِ اکہِ سارِنے اِجازتھ۔ اِجازتھ ہوان پیٚیس مہدٕ بٔٹس پیٹھ نظر، سہٕ اوس لولہٕ چشمو رشیدس بژاندس پیٹھ پژاران۔ رشید گوٚو مہدٕ بٔٹس نکھہِ اِجازتھ ہینہٕ خاطرٕ۔ مہدٕ بٔٹن وہراوِ نَرِ تہٕ روٗٹُن نالہٕ مَتہِ:

"پٔنٕنہِ ماجہِ ؤنی زِ ، زِ تس پیٚترس تہٕ دیزٕ ہے نظراہ۔"

"وَنس حٔض۔"

اُتھی ستی کوٚڈ مہدٕ بٔٹن چنٛدٕ منٛزٕ لِفافہٕ تہٕ ترٛ ووٗن رشیدس چنٛدس۔

"یہِ چھُ چون معاوضہٕ۔"

"کمیُک حٔض معاوضہٕ۔"

"ژٕے زیٚنیو وتھن نایہِ گام کرکٹ میچ، بس تمہِ کُٔے۔"

رشیدٕ گوٚو حاًران زِ مہدٕ بٔٹس چھُ کمرس منٛز روٗزِتھ تہٕ پزٕ بتھ کتھِ ہُنٛد علم۔ رشیدس میوٗل پننہٕ ئمن سوالن ہُنٛد جواب تہٕ یہِ جواب ہیتھ بیوٚٹھ سہٕ گاڑِ منٛز۔ عمہٕ لالن تھووٗ سامانہٕ ڈِکی منٛز۔ مام کھوٚتُس گاڑِ تہٕ گاڑی دژ ایہِ۔ سلیمہٕ اُس ہیٚری مہ دارَ کنی گاڑِ وُچھان اتھ ہِلاوان۔ اُتھی ستی

گرتمہِ دأر بند۔

رشیدن یُتھُے پنِنِس بڑاندس پیٹھ کھور تھوو، تس گوٚو عجیبے خوفُک احساس۔ تس باسیوو، زن ژاوسہٕ تتھ گوپھِ منز، یتھ منزٕ أکی جنن اکھ نیک زنانہٕ قأد کرٕمژ چھےٚ۔ تمہِ ترٛوو سورُے سامانہٕ ہتھ کھور اندر، واریاہ بیگ تہٕ واریاہ ڈَبہٕ، أڈی نألی تہٕ أڈی اَتھن کیتھ، گوٚو سہٕ تتھ تنگ تہٕ تأرِک ہیر کھسان تہٕ کأنی پیٹھ وأتِتھ دیُتُن ماجہِ آلو:

''موجی! موجی! بہٕ ہےَ آس، کتی چھکھ۔''

''بہٕ چھس یکیاہ۔'' اُمِس گیہِ بدلے آواز کنٛن۔ أمی دِژ پتھ کُن نظر، اکھ بدلے زنانہ وُچھن پانس پتہٕ کنہِ کھڑا، خوبصورت تہٕ مضبوط۔

''مگر میأنی موج......سو کوٚت گیہِ......بہٕ ژاس ناپٕنٛن گرٕ۔''

''پنٕنِسے گرٕس منز چھکھ۔ بہٕ چھس چأنی دوٚیم موج۔ أزی کہِ پیٹھٕ ہیکِکھ ژٕ مےٚ موج وٕنتھ۔''

''ژٕ کر پنٕنٛن بکواس بند تہٕ مےٚ ون میأنی موج کتِہ تھأوتھن۔ یتھ گرٕس منز چھےٚ مےٚ پتہٕ کیٛاہتام سأزِش سپزٕمژ۔''

''سأزِش نہٕ کانٛہہ، یہِ شریعت ونان چھ، تی سپد۔ چأنی مأنٛز کوٚر مےٚ ستی تہِ خاندر، بہٕ چھس تٔہنٛز دوٚیم زنانہٕ تہٕ چأنی......دوٚیم موج۔''

''زنانہٕ اُستھ چھےٚ نہٕ شرم تہٕ پوان یمہٕ کتھہٕ کرنس۔ خأر، ژٕ ترٛاو

یہِ بحث، مےٚ ون میٲنی موج کتہٕ چھےٚ۔"

"چانٕی موج چھِ مےٚ بازر سوٗزمٕژ سبزی اننہِ، توٗمُل اننہِ، اوٹ اننہِ۔"

"کیٲہ......؟ ژےٚ سوٗزتھٕنہٕ سو بازر! میانہِ خودایا......یتھ رٕتس منٛز کیٲہ چھ ییٛتہِ سپد یوٗمُت۔ سوٗرے چُھ بدلیوٗمُت۔ مجید صاب کتہِ چُھ۔"

"سُہ چُھ مشید درٛامُت۔ گامہٕ کیٲہ کیٲہ ڈٲلی چھےٚ واٗجمٕژ۔"

"یہِ سوٗرے چُھ ماجہِ خاطرٕ یہِ چُھ تس مالِنیو سوٗزمُت۔"

"تٔہندِس مالِنس پیٹھ چھ میوٗن تہٕ حق۔"

"بڑٕ بدتمیز چھکھ۔"

"پلسہٕ واجینٛز چھبس۔"

"او! توٗرُم ہےٚ فِکرِ......یہِ چھِ تیلہِ سبٹھاہ پزٲنی کھیل۔ تہٕ رٕتھ برٛونٛہہ چُھ امیک فائِل گنٛدنہٕ آمُت۔"

"وٗنہِ گتہٕ سپُد فائِل۔ فائِل سپُد تیلہِ، ییلہِ یہِ گرٕ آزاٗدی پزاوِ۔"

"یہِ ہیکہِ نہٕ چون گرٕ اٗستھ، یہِ گرٕ چُھ میانہِ ماجہِ سیرِ سیرِ کھولمُت، اسلئے مہ کریٛمہِ گرٕچ کتھ۔"

"یوٗ دوٚےٚ تٔمہِ کھول، ئہ والن تہٕ پتہٕ کھالن نوٗو۔"

"بدتمیز چھِم وُچھِمٕژ مگر ژےٚ ہوی نہٕ۔"

''ژٕ چھکھٕ ماجہِ ستی تِتھے کُنٕ کلامہٕ کران؟''

ژٕ چھکھ نہٕ میأنی موج تہٕ نہ ہکلکھ زانِھ بٔنِتھ۔ بوٗزتھٕ؟''

رشیدٕ چھ پوٚت کھوری واپس وَسان مگر آنگنس منز چھس موج سمکھان۔ تَمہِ چھِ واریاہ ٹھیلہٕ تلٕ ہتہٕ آسان، یِیمہٕ کِنٕ تس شانٔش تہٕ تھکاوٹ باسان چھےٚ۔ سو چھےٚ تھکھ کٔرِتھ نیچوس نالہٕ مَتہِ رٹان تہٕ مَہہ تہٕ میٹھی کران۔

''موجی! یہِ کیاہ چھُ سپُد مُت؟''

''یہٕ ہَبا اوس شاید خوداس منظوٗر۔''

''کیاہ اوس تس منظوٗر، چون اِذا، چأنی پریشأنی، چأنی دوکھ......

ہُنِھ، کیاہ اوس تس منظوٗر......خوداے چھا کمزورس تہٕ غریبس پوشان۔''

''مۆشَر یہِ کتھ، اسہِ کو سہٕ فرق پٔیہِ۔ تمی اوس ویسے تہِ اسہِ ستی رِشتہٕ ژوٗٹمُت۔ اُسی اُسی بٔلی تس ستی۔ اُسی نا۔''

''مجید صأبن تہِ ووٗنُس نا کینِھ؟''

''سُہ بچور کیاہ ونہِ ہبس۔''

''رُکاوِ ہبس، دَپہِ ہبس یہِ چھُ غلط، سأنی موج چھِ حیات، ژٕ کتھٕ کرَکھ بیاکھ خاندر کرنک جُرٲت۔''

''تلا رشیدٕ تژ اویہِ کتھ۔ تتہِ چھا سأری ٹھیکھ۔ موج تہٕ بب چھا وارَے۔ باقی چھا سأری ٹھیکھ۔''

''تتہِ چھِ ساری ٹھیکھ۔ کم سے کم گری زِ ہے شۄچھ۔ فونس پتھ وٕنی زِ ہے مے۔''

''کیاہ ونہِ ہے۔ کۄر ریٖلہِ وآرِو واتان چھِ، تس چھُ اکھ غرور آسان، اکھ یقین آسان، سو چھیٖنہِ گژھنہِ تہِ حالتس منز پٔنن یہِ یقین، پٔنن یہِ غرور پھُٹنہِ دِوان، چاہے کوتاہ تہِ مصیبت یِی تن، کا تیاہ طوٗفان یِی تن۔ یہِ وآرِو چھُ عجیب چیز آسان۔ پگہ ٹُل أڈی ٹھیلہِ تہِ کھسو۔''

''موجی، أسی نے بیہمو یتھ گرس منز۔''

''کۄت گژھو؟''

وٕلے تۄری گام ہے گژھو، تتی بیہمو۔ یا رَٹو شہرس منزٕ ے کُنہِ جایہِ کرایہِ پتھ کمرٕ، تتی بیہمو۔''

''تہِ گژھیا جان پۄترٕ۔''

''مگر چائنی یہِ حالتھ کۄ تام کرِ بہٕ برداش۔''

''بس کمیسہِ کالس، بہٕ کتِس کالس روزٕ وونی زِندٕ۔'' اَتھ پتھ آو رشیدس اوٗش مگر أندری چون۔ دۄنوے کھتی ہیرن تہٕ سامانہٕ کۄرُن موہنوی سٕندی پأٹھی پننہِ سونہِ حوالہِ۔ رشید رٕو دۄ چھان۔ تس گیہِ اکھ اکھ أچھ باہ باہ پَل۔ یتھِ تتھ رٕو دِسہ پننِس پانس قوہٕ گرتھ۔ تس اوس پھیران زِ سہ کیا زِ وۄتھ واپسی۔ مگر ماتامالہِ تہٕ کتِس کالس روزِ ہے۔

خوفتن نماز گیہ ادا، مجید صأب آو مُشید پتھ واپس تہٕ ژاو پننِس

کمرس منز۔ یتھے سٕہ کمرس منز ژاو، پتھے ژاو رشید تہٕ کوٚرُن پانس پتہٕ دروازٕ بند۔ نہ پرٛژھنس خیریت نہ خبر، بس سوالن پیٹھ سوال:

''مجید صأبابہٕ کیاہ چھُ یتھ گرس منز سپدِ مُت۔ ژےٚ گرٕتھ ناتھ خلاف بغاوت۔ ماجہِ ہنز حالتھ چھےٚ ناژےٚ فکرِ تران۔ مذہب چھے ناظلمس خلاف آواز تُلنی وَنان۔ مےٚ وَن مجید صأبا! کیاہ چھُ چون مذہب وَنان۔ ئہ چھُس ازہیچھنہٕ آمُت۔ ئہ چھُس اتھ تألیمہِ ووٗنی پٔنُن سکوٗن منگان، یُتھ سکوٗن ژےٚ چھےٚ۔ وَن مےٚ سون مذہب کیاہ چھُ وَنان، کیاہ چھُ مےٚ کرُن۔ مجید صأبا...... کیاہ چھُ میانہِ ماجہِ کرُن۔'' مجید صأب چھُ چندٕ منز تسبیح کڈان تہٕ رکلس الأفز تھاوان۔ اَمہِ پتہٕ چھُ سورۃ وَالعَصرِ کی آیات پران:

وَالْعَصْرِ (۱) إِنَّ الْإِنسَانَ لَفِي خُسْرٍ (۲) إِلَّا الَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ وَتَوَاصَوْا بِالْحَقِّ وَتَوَاصَوْا بِالصَّبْرِ (۳)

''مےٚ چھُ وَختُک قسم زِ سٕہ انسان چھُ خسارس منز ییمی نہٕ ایمان اوٗن۔''

''مطلب؟''

''مطلب ایمان، ایمان ئہندِ ذاتگ، ایمان ئہند بن احکامن ہُند، ایمان زندگی ہند بن اصوٗلن ہُند۔''

''مےٚ کُس سبق چھکھ دِوان مجید صأبا! کم سے کم چھُنہٕ یہ سبق میانہِ خأطرٕ۔''

''صبر، صبرس ءستی چھُ اللہ۔''

''سورۃُ الاِنسان گرِھ پرُن، سأری شُبہہ گژھن دوٗر۔

یُدخِلُ مَن یَشاءُ فِی رَحمَتِهِ وَالظّالِمِینَ أَعَدَّ لَهُم عَذاباً أَلِیماً

''سُہ چھُ سورُے وُچھان تہٕ زانان، سُہ چھُ بس تِمہٕنے رحم کران یِم نہٕ کانٛہہ خطا کران چھِ، تہٕ یِم خطا کران چھِ تِمن چھُ تِہنٛد عذاب پراران''

''سوال چھُ میانہِ ماجہِ ہُنٛدِس پیٹھ کر کرِ رحم''

سورُے وُچھان، مہ ہےٚ فِکر۔''

''فِکر کیازِ ہیٚمہٕ نہٕ...... مجید صأب! توٚہی آسو یِتھین تہٕ توٚہی تھٕی گوٚونا۔ ووٚنی چھےٚ سأنی موج بس اکھ نوکرانی، بیٚیہٕ نہٕ کینٛہہ۔ تہٕ توٚہی چھِوٕ مےٚ ونان ''خودا ےچھُ صبر کرن والین ءستی۔'' بہٕ چھُسن نہٕ کانٛہہ تِیُتھ خودا ے زانان، یُس کمزورس مزید کمزور بناوان آسہِ تہٕ ظألمس راۓ چھ کران آسہِ۔

مجید صأب مےٚ وَن تِمس خودا ےسٕنز دلیل، کرِ پرٕبکٕٹ کل گتھ۔''

''پرٕ بتھ کُنہِ چیزس چھُ پنُن پنُن وخ، سأنِس مألس تہِ چھُ پنُن وخ۔ تہٕ پرٕ بتھ کانٛہہ وخ چھُ ختم تہٕ گژھان۔''

''اسہِ چھُنا تیلہِ رٕکھنٛے تہِ کرُن۔ اسہِ چھُ پرٛارُن تِہنٛدِس فأصلس۔ اسہِ چھُ پرٛارُن تہٕ بھروسہٕ کرُن زِ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ سپدِ۔''

''ضروٗر سپدِ...... مےٚ چھُ اِیہہ کتھِ ہُنٛد یقین، گژھ کر آرام۔''

رشیدن گر نہٕ امہِ پَتہٕ کانٛہہ گتھ۔ سُہ دڑا او مجید صأبنہٕ کمرٕ منٛزٕ تہٕ ووت کأنی پیٹھ۔ کأنی اُس خأل۔ دانہٕ گُٹھس منٛز اُژتھ کوٚڈ تمی بَتہٕ تہٕ کھیٚون تٔتی۔ تمہِ پَتہٕ بییلہِ بون ووٗتھ، مأمی ہندِس کمرس نِش گوس اُسن کٔنٛ۔ اوہند مول تہٕ تسنٛز نوٚ آشنٛی اُسی شاید شونٛگنچ تیأری کران۔ اُمی چلاو دروازس تھوکھ تہٕ ووت ماجہِ ہنٛدِس کمرس منٛز۔

"ژٕ کوٚت گوٚیوکھ؟"

"رِکہِنٛی نَے مجید صأبس نِش اوسُس۔"

"سُہ آوا؟"

"آہنی اُدی۔"

"بَتہٕ کھیوٚنہٕ؟"

"نہ، شاید نہٕ۔"

"ووٗنی سوتہِ نافاقے۔"

"کینٛہہ چھُنہٕ پرواے، تُمی آسہِ کینٛہہ اورَے کھیوٚمُت۔ ژٕ کھیوٚتھ کینٛہہ؟"

"آ۔ شُکر خوداییس کُن۔ شونٛگ ووٗنی، تھوٚکمُت آسکھ۔"

"نارے موجی! بہٕ نَے تھوٚکُس نہٕ اورٕ، بہٕ تھوٚکُس ییٚتہِ۔"

"پَے چھَم۔ بوٗزُم ژٕ چھُے گُستام میچ زیوٗنمُت۔ تہٕ ییٚنامہٕ تہِ چھُے میوٗلمُت۔"

''آہنی موجی! داہن ساسن ہٕنز چھکھ ہے میجم، ییٚہ تۄ وونم چائنٕ پیٚترن تہٕ کیٛاہتام چندس۔ وُچھنس کیٚتی آیہٕ فُرصتھ۔''

''اِدِ با، لَس۔ دۄیمے ہایِنہٕ مأرِس بُتھ لِککھ۔''

''کیٛازِ؟''

''دۄیمے ناژٕنے۔ وُچھو! یہٕ مَرِے تمی دوہن۔''

''اِدِ بیٛہ لِکس نہٕ بُتھ۔''

ویسے تہٕ اوس رشید مأرِس سخ کھوژان۔ تس بُتھ تیٚنگ ہمت اُس نہٕ رشیدس منز وُنہٕ تہٕ۔ تٔہندی بلٹن اوس تس تیٚتھ بیم تھووُمُت زِ تس اُس نہٕ بیلٹس تہٕ پھاسہٕ کوٗرِس کانہہ فرق لبنہٕ یِوان۔ یتھ تتھ پٕییہ رشیدس امہٕ رأژنٕندر، تٔہندِ خأطرٕ اوس یہٕ سورُے نوٚو۔ تۄ کِنٕز گوٚو تس از زیادٕ تکلیف۔ وارٕ وارٕ باسیوٚ وُتس زِ تٔہنٕز موج تہٕ سُہ چھِ شاید غولأمی کرنہٕ خأطرٕ ے پأدٕ گأمتی۔ یہٕ چھ تٔہندِ خأطرٕ مذہبی حکم تہٕ شاید۔ رشیدٕ رُوٗ دتھ موقعس پڑاران، یتھ منز خوداے پٔنٕن سزا لطے کرِ تہٕ دِیَس مگر سُہ رُوٗ د پڑاران تہٕ سُہ وخ آو نہٕ۔ موسم بدلیوٚ وُتہٕ رشید ہیوٚتن پرٕتھ کُنہٕ کتھِ نِش بیزار گژھن۔ ووٚنی لوگ تمی تہٕ گرٕ زِہری اژن، کتھ کم کرنہٕ تہٕ ماجہٕ تہٕ نہٕ سٕتن۔ اُتھی منز ییٚلہ سُہ اکہٕ دوہن شامن گرٕ آو، گرِ نٕنیوس زِ ماتامالہٕ چھےٚ سلیمہٕ پیٛاہٕ مژ تہٕ تس چھ لل دبد ہسپتالہٕ نیچو وُزامُت۔ ییٚلہ ماجہِ تس یہٕ شیچھ باوٗ، سُہ گوٚو سبٹھاہ خوش، تہٕ شاید امہٕ کِنٕز زِ تس آو پٔنٕن خانہٕ دارِ گرٕ، تٔہندِس خانہٕ دارِس تہٕ تٔہندِس مأرِس

اُس یہِ فرق زِتس اوس زنانہٕ ہِنٛدِ کُنٛزُک احساس مگر تیٚمس اوس نہٕ کُنہِ کُے۔ یہِ اوس احساسہٕ نِش چھیٚلِتھ۔ دوہ دوہ گوٚو گرٕ ہان تہٕ رشیدن تہِ ترٛ ووُپرُن لیٚکھُن۔ سُہ اوس منٛزٕ کس تام پرٛبسہٕ وأرِلس نِش کأم کران، منٛزٕ کنڈکٹری تہٕ منٛزٕ نہٕ کٕہنہٕ۔ زیادٕ تر اوس سُہ گأوٕ کدل پینہٕ پٔپٹھ بہان تہٕ بس پکن والین وُچھان روزان۔ یِتھ پأٹھی گیٚ أہنٛدی سأری خاب میٚژٕ ستی رلان۔ یِتھ پأٹھی باسیو وُتس شازی ہُنٛد سُہ اتھواس شاپھ۔ ماجہِ ہنٛز حالتھ تہِ اُس دوہ خو تہٕ دوہ پتھ گرٕ ہان۔ مجید صأب اوس حسبِ معمول نیران تہٕ یوان۔ ووٚنی اوس نہٕ سُہ تہِ رشیدس ستی نظر رلاوان۔ ووٚنی اوس تس باسان زِیہِ تمی ووٗ نمُت اوس، تہِ دزٕ اونہٕ پوٚز مگر اعتقاد اوس تس برابر۔

وٕری کھنٛڈ گوٚو، رشید اوس گأوٕ کدل پینہٕ پٔپٹھ تہٕ زٕ نوجوان گیٚ تس نِش کھڑا:

"توہہ حض چھُ ناد۔" أکی جوانن ووٚن رشیدس نکھٕ گرٕ ھتھ۔

"ناد کیاز زِ، خأرِ ے چھا۔" رشیدن پرٛ ژھ کُنہِ خوفہٕ ورأے۔

"خأرِ ے حض چھُ۔"

"تیٚلہِ کیاز زِ چھُ ناد۔" رشیدن پرٛ ژھ بییہِ أمس نوجوانس۔

"أسی ہبکو نا پانہٕ وأنی کتھ کٔرِتھ، اکھ أکی ہنٛز کتھ بوٗ زِتھ، أغر أسی ہے کُنی چھِہ تہٕ مسلہٕ تہِ کُنے چھُ۔"

"بأے صأبأ ئہ چھُسے پنٛنو مسلو سبٹھا آوٗرمُت، مےٚ دِیو معأفی۔

ئہ ہکہٕ نہٕ توہہ ئستی تِتھ۔"

""توٚہی مہ کھوٗژِو جناب۔"

""کھوٗژ کیازِ!......مالی ہٕنٛدی بٔلٹن چُھ مےٚ سہٕ خوف کرتام ختم کوٚرمُت۔ کھوژان چھس نہٕ ئہ کانٛسہِ، موتس تہٕ نہٕ...... پکُو کوٗت چُھ گرٕ چھن!" رشید آو ٹیٖشس منٛز، گاڑِ کٔڈلہٕ چہٕ پنٕنہٕ ترٛ اۄن تھف یِلہٕ تہٕ وژاو یمن پتہٕ پتہٕ۔ بڑونٛہہ کُن پکِتھ اوس آٹو وول پژاران یمن۔ ترٛ بنوٚے کھٔتی آٹوہس تہٕ وأتی اپأری فتح کدل کنہِ کتھ تام جایہِ۔ آٹو رُکیوٚ وَ تہٕ ترٛ بنوٚے وٕتھی آٹو منٛزٕ بون۔ آٹو وألس دِتی نہٕ کانٛسہِ پانٛسہٕ۔ رشیدن سوٗنٛچ زِ أمِس آسن یمو گوڈٕے دِتی ہتی۔ رشید پوٚک یمن پتہٕ پتہٕ، ہیٚتِس کالس کوچہٕ کوچہٕ یم أکِس آنٛگنس منٛز دأخل گئے۔ یہِ اوس پہوٚے سنسان مکانہٕ، آنٛگنس منٛز اوس بےٚ ترتیب پأٹھی گھاسہٕ کھوٚتمُت۔ مکانٕکی پنجرِ دارِ پٔٹ، کینٛہہ تھمب تہٕ درواز بیترِ أسی أکِتھ کُن چلٕس۔ رشید گوٚو یمن پتہٕ پتہٕ پکان یوٚ تام یم أکِس کمرس منٛز وأتی۔ کمرس منٛز أسی زٕ ژور نفر گوڈٕے ہِہتھ تہٕ اند کُن اوس اکھ جوانا اکھ قمیض یزار تہٕ واسکٹ لاگِتھ پٔنٕنِس موبائلس پٔتھ کیا ہتام وُچھان۔ یُتھُے یمو ترٛیوٚ کمرس منٛز کھور ترٛ وِوٚ، تٔمۍ تُل کلہٕ تھوٚد تہٕ اسان اسان ووٚنُن:

""کیا ساوٗن دونہٕ؟"

""جناب! ییکیا چُھ۔"

''وُلو رشید صأب بِہو ییٚتھن۔ تہٕنز چھےٚ تنظیمس واریاہ ضرۆرت۔'' رشیدس آو وونی سمجھ زِ سُہ کیاز اوسکھ ناد دِتھ اوٗ نمُت۔ رشیدِ بیوٗٹھ پتھرتہٕ رَژھ کھنڈ دم دِتھ پرُ ژھن نوجوانس:

''کرِو حض حکُم، ناد کتھ پٔٹھ چھُ؟''

''یہِ چھُنہٕ سُہ نادیُس باقین آسان چھُ۔ یہِ چھےٚ سأنی دعوت۔''

نوجوان اوس سبٹھاہ آرامہٕ سان رشیدس کتھ فِکرِ تاران۔

''دعوت! کیچ دعوت؟'' رشیدن پرُ ژھ یکدم یہِ سوال۔

''رشید صأب سبٹھاہ بےتأبی چھےٚ تۄہہِ۔ بےٚ تأبی گیہِ جان مگر اَمہِ قسمِچ بےٚ تأبی چھےٚ عموماً نقصان واتہٕ ناوان۔''

''نہ حض مزید کوتاہ نوقصان واتہِ۔ بہٕ حض چھُس تمُو حدو واریاہ دۄرِ رودِژ امُت۔''

''مےٚ چھِ پتاہ، سأرِے چھم پتاہ۔''

''تیلہِ کیاز اوٗن ووس بہٕ یوٚر، تہٕ مےٚ کیاہ چھُ کرُن؟'' رشیدن پرُ ژھ سوال تہٕ نوجوانن ترٛ ووٗاسُن۔ اَسنہٕ پتہٕ وۄننس:

''ژےٚ چھی سأنی اتھِ مضبوٗط کرِنی۔''

''تُہندی اتھِ مضبوٗتھ کرِنی! مےٚ توٚ رنہٕ فِکرِ۔''

''فرہان! تلایہِ امانت ان یوٗری۔''

تمُو دوٚ یوٗلڑ کو منز ژاو اکھ لڑکہٕ اندر تہٕ اَتہِ گرِٛن نۆو رائفل تہٕ دِژن

نوجوانس اتھِ۔

''یہِ سنٛبھٲلِو توٚہۍ اَزی کہِ پیٚٹھ، یہِ چھےٚ واریاہ کالہٕ پیٚٹھ توٚہۍ پڑاران۔''

''مگر مےٚ کیٛاہ چھُ یتھ کرُن۔'' رشیدس گیہِ عقلہٕ بَقل، تس زن رٲوی لفظے، تس زن رٲو سو بوہدُری تہٕ۔

''توٚہہ چھِو یِمہِ سٕتۍ کٔشیرِ ہٕنٛز اکھ نوٚو تٲریخ لیٖکھٕنۍ، تِم لُکھ خاموش کرِنۍ یِم سانہِ تحریکہِ مُخٲلف چھِ، یِم سٲنۍ دُشمن چھِ۔ سون مقصد چھُ آزٲدی۔''

''آزٲدی! کمہِ نِش؟''

''آزٲدی ہندوستانہٕ نِشہِ۔''

''سُٲری (Sorry)۔ بہٕ چھُس بدل قسمچ آزٲدی یژھان۔''

''خبر کوسہٕ؟'' نوجوانن پرٛژھنس شرارتہٕ سان۔

''میٲنہِ خٲطرٕ چھُ آزٲدی بدل مطلب۔ بہٕ چھُس غُربتہٕ نِش آزٲدی یژھان، بہٕ چھُس بے روزگٲری نِش آزٲدی یژھان۔ بہٕ چھُس رشوَتہٕ تہٕ اِستحصالہٕ نِش آزٲدی یژھان، بہٕ چھُس ظلمہٕ تہٕ جبرٕ نِش آزٲدی یژھان، بہٕ چھُس بِمارِیو نِشہِ آزٲدی یژھان۔''

''اَسۍ تہِ چھِ تۍ یژھان مگر یہِ میلہِ تیٚلہِ، ییٚلہِ ظلم ختم سپدِ تہٕ ظلم کرن وول چھُ اسہِ ویٚود۔''

''غلط، سُہ چھنہٕ ظالم، ظالم چھ سون ییٚتیٚک سیاستدان، یُس چانہن تہٕ میانہن لاشن پیٹھ سیاست کران چھُ۔''

''چلو، تی سہی، مگر شروعات چھِ کرٕنی۔''

''شروعات چھِ پزی کرٕنی...... ماجہِ ہنٛدِ خاطرٕ، تٔہنٛدِ یزتہٕ تہٕ سلامتی خاطرٕ۔''

''واقعی چھےٚ یہِ کٔشیرٕ سائنی موج، امہِ خاطرٕ چھُ اسہِ یہِ سورُے کرُن۔''

''آہن حض، مےٚ اَسِن اِجازتھ۔'' رشید چھُ تھوٚ دووتھان۔

''ییٚمن امانتھ نی وٕ أزی ستی کِنہٕ بیٚیہِ ساعتہٕ راتھ کیٚت؟''

''آہن حض راتھ کیٚتھےٚ پیٚیہِ نیٚن، وٕنکین چھُ مُشکل۔''

''ٹھیکھ چھُ۔'' نوجوان ووٚتھ تھوٚد، رشیدس ستی کوٚرُن ہینڈ شیک، پتہٕ نالہِ موٚت تہٕ کنٛس تل ووٚننٛس ''وومید چھم بیٚیہِ پیٚیہِ نہٕ ناد سوزُن، پانَے ییٚو، أسی چھِ پزاران...... ہَیایہِ ترٛاوی ووٚنُہ واپس۔''

رشیدٕ آو بیٚیہِ آٹوہس برنہٕ تہٕ گاٚو کئدلہٕ ترٛاونہٕ۔ امہِ ساعتہٕ اوس وخ یور آمُت۔ رشیدن تٕج گرٕ گُن دور۔ یتھےٚ دروازس تل ووت، مول اوس پزاران۔

''زیٚبے اوسسَے پزاران۔'' مالِکی سنٛز آواز بوٚزِتھ گوٚو رشیدٕ روٚزِتھ مگر أزی چھِ لَٹہ کھوٚتِنہٕ

"وجہ"

"وجہ چھے ژےٚ پَے ۔ ژٕ کتہِ اوسکھ تہٕ کمِس ءستیٚ اوسکھ، سورُے چھم پَے ۔ مائی سوم تھانس منز چھم داہ ؤری دِتی ءمتیٚ تہٕ فتح کدلہٕ تہِ وارِیاہ ؤری ۔"

"پولیسس منز نوکری کرٕنکی چھِ یِمَے فائدٕ ۔"

"فائدٕ تہِ چھِ تہٕ نوقصان تہِ ۔ مےٚ ءستیٚ رلاوأ چھ تہٕ مےٚ وَن تم کم چھِ تہٕ کتھٕن چھِ ؟"

"ییٚلہِ توہہِ پَے چھےٚ زِئہ گتہِ اوسُس ، ییٚلہِ آسہِ توہہِ یہِ تہِ پَے زِ کمن ءستیٚ اوسُس ۔ تہٕ یہِ تہِ گرِژھ توہہِ پَے آءسنہٕ زِ کتھٕن اوسُس ۔"

"زبان دراأزی مہ کر ۔ پکھ کھس ہیوٚر ۔"

مول کھوٚت بڑ وٕنہہ تہٕ رشید کھوٚت پَتہٕ پَتہٕ ۔ یوٚتام یہِ مالی ہٕندِس کمرس منز ووت ۔ وورٕ موج اُس کُرسی پیٚٹھ بِہتھ اُنس بڑ وٕنہہ کنہِ شام وختن پٔنُن پان پأراوان ۔ رشیدس لٔج تس کُن وُچھِتھ خوٗنس گرٕ بکھ ۔

"ژٕ ونگھ ناسیوٚ دسیوٚ دکم اُسی تہٕ کتہِ اُسی ؟"

"مےٚ چھنہٕ کانٛسہِ متعلق کینہہ پتاہ، ناحقہٕ کیاہ ہیٚمہٕ کانٛسہِ ہُند ناو ۔" اتھ پیٚٹھ چھُ مول بلبٹ والان مگر اُزی چھِ لٔتہِ چھُ رشید بلبلٹس تھف ژھنان، وورٕ موج چھےٚ یہِ وُچھان روزان ۔ بیلٹس تھف ژٕھنٕنی چھُ

مأیلس خلافِ توقع گژھان، سُہ چھ أمِس خوش اتھ چپاتھ واینی ہوان مگر رشیدس چھینہٕ یوان۔

"ابو! یم چھِ پرٲنی حربہٕ، ییمہِ بلبلہٕ ستی یؤت مارمٕ کھیون اوس، تیؤت کھیوٚ ومٕ، ییمی تُہندی بلبلن موٚژرووس بہٕ لوکچار پیٹھے۔ نہ دیُتنم برٕنہٕ نہ لوکٹنہٕ۔ خبر توہہ آسیا پئے یا نہٕ، ییلہِ تہٕ بلبلٹ توہی اویزان تھاوان أسو، بہٕ اوُسس اتھ پیٹھ پلو تھاوان تاکہِ مٕ پیٚیہِ نہٕ اتھ پیٹھ نظر۔ امیُک اویزان روزُن اوس مٕ باسان زِمٕ چھ سزائے موت میؤلمُت۔ تہٕ اتھ دوہس پرٛاران چھ پتہٕ مٕ خبر گُس ونان زِ وونی دِژہے ژٕے معأفی۔ تُہند بلبلٹ کھولنہٕ پیٹھ اویزان تھاونس تام أس مٕ یِہے کیفیت گژھان ابو!...... مگر بہٕ چھس مشکوٗر تہٕ امیُک زِ أمی دیُت نہٕ مٕ توہہ نکھہ پننہٕ، أمی دیُت نہٕ مٕ توہہ ستی محبت کرنہٕ، أمی دیُت نہٕ مٕ توہہ پیٹھ یقین کرنہٕ۔ ننتہٕ لگہِ ہے ازمٕ دِلس تہٕ از گژھ ہابہٕ واقعی یتیم۔ یہِ توہی گرِوتہٕ چھنہٕ گُنہٕ قونچہِ کتابہِ منز غلط، نہ گُنہِ مذہبس منز غلط۔ مگر یوسہٕ کتاب میأنی موج چھےٚ لبھان پننہِ اوشہٕ ستی، تتھ منز چھ یہِ غلط...... تہٕ امیُک سزا پیٚیہِ توہہ اکہِ ننتہٕ اکہِ دوہہ تُلُن۔"

"بدتمیز" مول آو شرارتس لاینہٕ تہٕ تمی لوٚم بلبلس۔ رشیدن ترٛووٗ بلبلٹ یَلہٕ تہٕ مول آو ہور لاینہٕ۔ تُہنز زنانہٕ وُژھ دوران دوران تہٕ تُلُن خانہٕ دار تھوٚد۔

''رشید صأب یِمہ کمرٕ منز گژھ دفع'' ووٕر ماجہِ دیُت حُکم۔

''مےٚ چُھنہٕ کانٛہہ شوق یتھ تہٕنٛدِس عاشٕ گاہس منز روزنُک بہٕ وزٕاس۔'' رشیدٕ چھ برس ٹاس کرِتھ نبر نیران۔ بوٗنہٕ چھےٚ موج آسان وَچھ ژیٹان زِ رشیدس بَنہِ خبر کیاہ۔ مگر یِلہِ رشیدٕ اندر چھ اژان، سو چھےٚ تھوٚد ووتھان تہٕ تس نالہٕ مَتہِ رَٹان ''رِکھو سورٕے چھا ٹھیکھ، زیادٕ ما لوینۍ۔''

''نارے لایہِ کیازِ؟ بہٕ کیاہ چارووے چُھسہٕ تہٕ لایم۔''

''اَمِس چُھنا عادت۔''

''سُہ عادت ہے مشر ووٕمےٚ اَمِس۔ ووٕنۍ کرِنہٕ یہِ مےٚ پیٹھ زانٛہہ تہِ ببلٹ، ووتھ مےٚ شیٛہر بَتہٕ، مےٚ چھےٚ بوچھِ لٔجمٕژ۔''

''مجید صأب تہِ آونا، ۂلو دونوے کھیٚیو یکوٹہٕ۔''

''کتہِ چُھ؟''

''ییکیاہ بُتھ اوس چھلان۔''

اَتھی منز ژاو مجید صأب کمرس منز۔ تِمس اَسی ریشہِ والن پیٹھ آبہ قطرٕ موجوٗد تہٕ تِمن آبہٕ قطرن یِتھے گاش اوس پیوان، تِم اَسی موٚختکی پأٹھی چمکان۔ رشیدن یُتھے مجید صأبنس بُتھِس کُن نظرِ ترٛاو، سُہ گوٚو سو چمک وُچھتھ سبٹھاہ خوش، تس باسیٚو زِ مجید لالہٕ نِس بُتھِس پیٹھ چھ سُہ نوٗر، صبرُک، ندامتُک، عبادَتُک۔ تس کُن وُچھن کوٚر گوڈنچہ لٹہِ رشیدس خوش

تہٕ بتہٕ کھوان تہِ رٕو دِسہٕ تس وُچھان۔ مجید صأبس اوس یہِ فِکِر تران۔

"مےٚ چھِ پَے ژٕ کیاز چُھکھ مےٚ بار بار وُچھان۔ چأنۍ سوال تہِ چھِ مےٚ دِماغس منٛز گوٚنجان۔ مگر یہٕ چھُسَے ژےٚ یقین دِوان زِ توٚ تام مرٕ نہٕ، یوٚ تام نہٕ انصاف سپدِ۔"

"کسوٚ سپدِ انصاف۔" ماجہِ دِژ أندرٕ رے کرٕ بکھ تہٕ رشیدن دیُت جواب۔

"کأنسہِ نےٚ موجی، یہِ ہے چھُ پژون اکھ مُقدِمہٕ کورٹس منٛز چلان، تمہِ چی کتھ چھِ سپدان۔"

"مےٚ چھُ تِمنٛزِ کتھِ پٔٹھ یقین بأے صأبا۔ نتہٕ چھُس ئہٕ دوہس منٛز ہتہٕ پھِرِ مُنکِر سپدان، دوہس منٛز چھُم ہتہٕ پھِرِ یقین ووتھان۔ دوہس منٛز چھُس ئہٕ ہتہٕ پھِرِ سوٚنچان زِ تہِ سورُے چھُ غلط، یہِ أسی بوزان آمتی چھِ۔"

"نہٕ، تہِ چھُنہٕ غلط، ئلی کہِ چھُ سانہِ سوٚچنُک اندازٕ غلط۔ أسہِ چھُنہٕ پٔنُن پان پُشرُن تگان۔"

"چھُ کُس، یس پُشراوِ۔"

"اللہ....." أتھی ستی چھُ مجید صأب حمد پران، اتھ پٔھر اوان تہٕ پنٕنس کمرس منٛز تران۔ رشید چھُ أمِس وُچھان روزان۔ رشیدس چھےٚ مجید صأبس منٛز اکھ عجیب تبدیلی دٕژیٹھی گژھان۔ تس چھُ باسان زِ یہِ چھُ پزی تہِ بنیومُت، ہیمیٚک خاب أمِ وُچھمُت اوس۔ رشید چھُ أندری خوش

گرٛھان تہٕ اکثر مٔشید نیبرٕ گنہِ ییٚلہِ یہِ أہنٛدی تأریف بوزان چُھ، تیٚلہِ تہِ چھِس بُگہٕ ہُنان۔ رشیدن تہِ موکلووُ بَتہٕ کھبتھ، دونوے ٹوٗری ٹُلِن تہٕ ژاو دلنہٕ کُٹھِس منٛز ماجہِ نِش۔

اکھ کتھ گیہِ مےٚ ہیرِ وٕنٕی مٔشتھٕے، سو گیہِ یہِ زِ ووٕنی أسی اتھ گرٛس زٕ دلنہٕ کُٹھی، اکھ یُہنٛد تہٕ بیاکھ نوٗنوشہِ ہُنٛد یعنے تٔہنٛزِ ووٕر ماجہِ ہُنٛد۔ مگر تَتہٕ أس کأم أمی ہے کرٕنی پیوان تِکیازِ نوٗنوش أس ووٕنی ڈیوٗٹی گرٛھان۔ رشیدن لاگی ٹوٗری چھٕلنٕی تہٕ موج وٕژھس:۔

''ہَتا ژٕ کیازِ چھکھ یِم چھلان، بٕہ ہا چھس ووٕنہِ زِنٛدٕ۔''

''ژٕ تہِ کأژاہ کأم کرکھ موجی! بوٕنہٕ تہِ چھکھ جکھان تہٕ ہیرٕ تہِ، أخر کوتاہ نیرِ أکس انسانس۔''

''تھاوُ کھ ژٕ أتی، بٕہ چھلکھ پانَے۔''

''بس ہے موجی، مےٚ موکلأوی، تژاو ژٕ ڈاپھ، بٕہ ترَے مجید صأبس نِش رَژِھ کھٔنجہِ۔'' رشیدٕ چھ بانہٕ ٹوٗکرِ منٛز سنٛبھألتھ تھاوان تہٕ تران بأیس نِش۔

مجید صأب چُھ ووٕنہِ ہُشارَ بے آسان، رشیدٕ چُھ تس نگھِ بِہان تہٕ پرٕژھان:

''بأے لالہ، بٕہ آس ہِیٚیہِ سُے سوال ہیتھ۔''

''خبر کُس!''

"تیمس سانہِ ماجہِ گس دِیہِ اِنصاف۔"

"اللہ۔سے کرِ اِنصاف۔" وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَىءٍ قَدِير۔

سورُے چھ بس تٔہنزِ مرضیہٕ ستی سپدان۔"

"یوٚ دوٚے سو کتھ چھےٚ تیلہِ چھ سانٔس مالِکی سُند دوٚیم خاندرتہٕ تٔہنزِے مرضیہِ، تیلہِ چھ سانہِ ماجہِ پیٹھ ظُلم تہٕ تٔہنزِے مرضی ستی سپدان، تیلہٕ چھ چون خوداظالمن ستی۔"

"رشیدا پرٛ ھ کتھ مہ آس کران۔ ژٕ چھکھ میانٔس دِہماغس منٛز تہٕ خوف پادٕ کران، میانٔس سوچس تہٕ کھرانان۔"

"ژٕ جوان نیٚچوی اُستھ تہٕ چھےٚ سانٔی موج ظُلمہٕ نِشہِ آزادی پراونہٕ خاطرٕ بیٚیس کستام پزاران۔ یس توہی اللہ ونان چھِو، تیلہِ وَسہِ سے تہٕ دِیہِ سانٔس مالِس سزا، یی چھا تُہند پزَر۔"

"رشیداژٕ نیرِ وُنکبن، پگاہ کرَو کتھ۔"

"سوچس منٛز مہ تھاوِو کھری، سوچ بدلاوِو، تیلی ہکو زِندٕ روٗزِتھ۔" یہِ وٕنتھ چھ رشیدٕ نیران مگر مجید صابس بڑوٚنہہ گٔنہِ چھ لچھہِ بٔدی سوال ترٛاوان۔ رشیدنہِ نیرنہٕ پتہٕ تھُے مجید صابن بسترس منٛز اُچھ بند کرِ، تس آورشیدُن سُہ موصوم بُتھ اُچھن تل۔ تُہندی تم بے رحم سوال بڑوٚنہہ گٔن یم مجید صابس نِش جواب ژھانڈان اُسی۔ مجید صابن کھوجہِ یکدم اُچھ۔ تس زن گوٚو خوف پادٕ۔ تِمی سوٗنچ زِ یوٚ دوٚے توہند ووٚنمُت لفظ غلط

ثابت گۆو، تہٕ سورُے پھُٹہٕ تہٕ سورُے گٔژھ ختم یہ سہ مشید ہِنٛدِ ممبرٕ پیٹھ پتہٕ مسو دہو ؤری یو پیٹھ ونان آو۔ تس اوس نہٕ کہنہٕ تہٕ سمجھ یوان زِ سہ کیاہ ہیکہِ کٔرتھ۔ تہند بن فائصلن کتھٕ ہیکہِ سہ بدلتھ، پننہِ خاطرٕ کتھٕ ہیکہِ سہ اکھ وَتھ پادٕ کٔرِتھ۔ واریاہ سوال گٔے تس تہٕ أندری ووتھان مگر تہنز بے بسی أس یہ زِ اتھ سارِسے پیٹھ اوس نہٕ سہ تہٕ کھُلہٕ کتھ کٔرِتھ ہیکان۔ یہ سورُے اوس بٔتھو ہیوٚر، سوالو نمبر۔ تتھٕ تتھٕ کرِ مجید صابن أچھ بند مگر رشید نو سوالو دیُت نہٕ تس شونگنہٕ۔ سہ وۄتھ تھۆد، قرانِ شریف وولُن رِحلہِ پیٹھٕ بون، پننہٕ عینن أچھن ستی لا گتھ کۆڈُن، دِژنس نظر۔ بلکُل اوس صاف صاف لیٚکھِت:

''أسی ہکو نہٕ پانہٕ کینہہ تہٕ ییٚژھتھ۔ سُے چھُ سورُے زانان، سارِے حکمت چھِ تس تابع۔ تیمِس یژھان چھُ، تس پیٹھ چھُ پنٕنۍ رحمت نازل کران تہٕ ظالمن ہِنٛدِ خاطرٕ چھُ بے شک عذاب۔'' مجید صابن کوٚر قرانِ شریف بند تہٕ تھوون واپس رِحلہِ پیٹھ۔ بلکُل صاف چھِ اتھ منز یمن کتھن ہنز ذکر مگر سوال چھُ بس اکھ زِ گونہگار کُس چھُ؟ مجید صابس گۆو اور کُن تہٕ خیالٕ مگر ستی پییٚس موج یاد۔ ''گونہگار چھُ واقعی سون مول۔'' یہ سۄنچتھ کرِ تمی أچھ بند تہٕ ہِنٛدرِ واتنوٚو خبر کتھ عالمس منز۔ یمن سوالن ہِنٛدی جواب ژھاران گۆو وخ گزران۔ دونوٚنی بھاین اوس انتظار زِ اکہِ نتہٕ اکہِ دوہہ گٔژھ دشُمت وعد ضرورٕ پوٗرٕ۔ گُستام آدم ییہِ، یُس

تِہنٛدِس مأنِس سزا دِیہ تہٕ ماجہِ ظُلمہٕ نِش آزاد کرِ۔ أتھی انتظارس منز گیہ ماجہِ ہنٛز حالتھ دوہ پتہٕ دوہ بِگڑان، تکیاز ِ دونی أسی تس زٕ زٕ گرٕ سنٛبھالنی پیوان۔ تِہنز حالتھ اُبس ٹھیکھ تس نوکرانہِ ہنز ہش گأمژ، یوسہٕ صُبحن کمر گنٛڈان چھےٚ تہٕ دوہس کامہِ گرِ ھتھ پتہٕ شامن گرٕ سنٛبھالان چھےٚ۔ دونٕوی بھاین اوس امیک افسوٗس مگر امیُک حل اوس نہٕ کانٛسہِ نِش۔ موج اُس نہٕ مانان گرِ نیرُن۔ تس اوس شاید أندرٕ کتھ تام کونس منز بِہتھ زِ کُنہِ نتہٕ کُنہِ دوہن ییہِ توہند خانہٕ دار واپس۔ مگر یہِ اوس توہند برٛم۔ تِہنز دوٛیم آشنٛی اُس جوان، خوبصورت تہٕ کماوُتس ترٛاوِتھ گتہِ ییہِ سُہ واپس، یہ اُس نہٕ سوٗنچان۔ شاید اُس سوتہِ کتھ تام مُعجزس پرٛاران۔

أتھی منز آو رشیدس اکہِ دوہہٕ فون، سُہ اوس امہِ دوہہ تہٕ گاوٗکدل پیٹھہٕ پیٹھہ ناون مُدے گنٛڈِتھ وُچھان۔ تمی تُل فون تہٕ فونس پیٹھ اوس سُے۔

''کیاحض پتہٕ اوٚ یے نہٕ۔''

''اسلام علیکُم''

''وعلیکُم اسلام، مےٚ سوٗنچ زِ توہہ آسہِ سورٕے مُشتھ گومُت۔''

''نہ حض، مُشتھ گوم نہٕ، البتہٕ چھس تلاشس منز۔''

''کیٛمہ تلاش چھِ رشید صأبس۔''

''تِمس ظأنٛلِم سنٛز، ییمی اُسی غولام بنأوی۔''

اتھ پیٹھ ترٛووٗ تمی اُسن تہٕ وۄٚنُن ''فونس پیٹھ کرُونہٕ زیادٕ کتھ۔ پکِو

اُسی چھِ انتظارس، اسہِ چھ پَے ظاٗلم کتہِ چھُ۔"

تٔمی ژوٗٹ فون تہٕ رشیدن تھووٗ فون چندس۔ نظر پییس پننہِ پٔتھ بزازِ دُکانس کُن۔ اَتہٕ وُچھِن ژٕ نفر برابر تٔسی کُن نظر تھاوِتھ۔ اُمی پرژٕناوی یِم۔ یِم اُسی شاید تٔمے، یِم تمہِ دوہَن تتہٕ بِہتھ اُسی۔ رشیدن ٹُل قدم اُتھی دُکانس کُن تہٕ ییتِس کالس سُہ سڑک کرٛاس کرِ ہے، تم اُسی درٛاموتی۔

کٔشیرِ ہٕنزن کولن روٗدآب پکان۔ وختس یِم تہِ ظُلم کرٕنی اُسی، تم تہِ روٗدی سپدان۔ مجید صاب روٗد مِمبر پٔتھٕ برابر اللہ سنٛز فرماوِمٕژ اَکھ اَکھ گتھ لُکن باوان تہٕ تمن یقین دِوان زِ تی سپدِ یہِ سُہ ییٚژھ۔ تی چھُ سپدمُت تہِ تہٕ بٕروٗنہہ کُن تہِ سپدِ تی۔ رشیدِ ییلہِ گاوکدل پننہِ پٔتھ کُنہِ کُنہِ مجید صابُن وعظ بوزان اوس، تس اوس سٹھاہ خوش کران۔ قُرانِ شریفُک اَکھ اَکھ آیہِ اوس سُہ تتھ پاٹھی باوان، زن تہٕ اوس موختہٕ چھکرَنہٕ یوان۔ پتہٕ ییلہِ سُہ اَچھ وَکھنے کران اوس، گلبن پٔتھ اُسی جانور تام روٗزِتھ گرٛھان تہٕ بوزنہِ لگان۔ مجید صابن اُس سماجس منٛز اَکھ جاے بناوِمٕژ، تٔمی اوس اَکھ قد پٕژ ووٗمُت۔ بڈٕبن بڈٕبن فاصلن منٛز اُس تٔہنٛز راے زاننہٕ یوان۔ بڈٕبن ایوانن تام اُس تٔہنٛز رساٗیی۔ مجید صابس تہِ اوس باسان زِ سُہ چھُ مکمل ہوان گرٛھن، مگر یتھے رشیدُن بُتھ اوسُس یاد پیوان، تس اوس پنُن پان منٛزِلس منٛزے باسان۔

موٗل اوس نہٕ ووٗنی شہرن ہٕندٛن مالن منٛز کانٛہہ تہِ دخل دِوان۔ نہ

تِمن متعلق پرِژھان تہٕ نہ زانُن یَژھان۔ وختن وِژتس تہِ ترقی تہٕ سُہ بنیوٚ وَ
ڈی ایس پی۔ اِمہِ دوہہ اوس گرِ جشنُک ماحول۔ رشیدٕ اوس پنٕنس کمرس منز
تہٕ مجید صاأب مٔشیدِ منز۔ تہٕ موج اُس ہیٚرِ پرٕژھن اتھ پھُر اوناوان، بتہٕ
چاے بیترِ برٛونٛہہ کُن انان۔ رشیدس اوس أندری خبر کیاہ گژھان مگر ہیوٚ ر
کھسنُک جُرٔت اوس نہٕ کران۔ اتہِ اَسی واریاہ پُلسہٕ افسر پننہِ بوہدری ہٕندی
قصہٕ باوان تہٕ پارٹی انجوأے کران۔ رشیدٕ اوس بوزنہٕ کنہِ ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕٹ
کران زِ کُنہِ بہانہٕ والہِ ہے سُہ ماجہِ بون، نبر کرِہس، بازر نیہ ہس، توٚ تام
یوٚ تام یہِ پارٹی ختم گژھِ ہے۔ تس اوس ووٕرِ ماجہِ ہُند بتھ تہِ بار بار برٛونٛہہ
کُن یِوان زِ سو رٕکتھ پأٹھی آسہِ أمِس حُکم کران تہٕ یہِ رٕکتھ پأٹھی آسہِ کلہٕ
بون کُن ژھلِتھ تِم مانان۔ وأنج أمِسس رٕتھ چیٚوان۔ أتھی منز بوٚز شاید
خوداین، رشیدس آو فون تہٕ یہِ فون اوس ماتامال پیٹھٕ۔

''گوٚ بریا مامہٕ ٹوٹھ کیا با گُزریوٚ ے۔ وُنی وأتژ تِہنز لاش،
اینکاوٗنٹرس منز چھکھ یارِ کھٕہہ مورمُت۔ ماجہِ وٗنی زِ شیٚچھ۔'' فون گوٚ و بند،
رشیدس آیہِ سلیمہٕ برٛونٛہہ کُن، توہند اکھ اکھ لفظ برٛونٛہہ کُن:

''تِمہِ کوسہِ ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹ آسہِ کرٕمٕژ بچارِ۔'' یِی سونچان
ووت سُہ ہیوٚ ر، درواز کھُلوٗن تہٕ ماجہِ وٗنن کنس تل شیٚچھ۔ تس پیٚیہ بانہٕ
اتھہٕ منزٕ وٗسی تہٕ کُنی کرٕ بکھ ژٕجس نیرٕتھ تہٕ آیہِ پتھر لاینہٕ۔ رشیدن تٕج موج
تہٕ واتہٕ ناوٕن رٕلتھ کھو کھرِ بون۔ سأری پٔژھی گے پریشان:

''یِمن کیٛاہ حٕض ڈٕلیل گٔیہِ؟'' أکی پُلسہٕ افسرن پرُٛژھ صحبس۔

''رٕکھنۍ نہ حٕض، شاید چھُکھ گُستام گُزریوُمُت، یِیکیٛا بہٕ کرٕ مولوٗم۔'' سُہ چھُ بون وسان تہٕ کمرس منٛز چھےٚ پیٛٹھس کھٔنڈس خاموشی گرٛھان مگر پتہٕ چھِ پارٹی بیٚیہِ پٔنُن رنگ رٔٹان، یِیٚلہِ اکھ پُلسہٕ افسر سوشل میڈیاہس پیٛٹھ یہِ خبرٕ وچھان زِ اکھ خطرناک مِلی ٹینٹ چھُ پُلیسن مورمُت تہٕ تس رِنش چھُکھ وارِیاہ سامانہٕ تہِ کوٚڈمُت۔ یہِ شٔچھ چھُ سُہ بڑٕ بڑٕ پران تہٕ سٲری افسر چھِ خبرِ منٛزٕ تلُی تلُی بوزان۔ تام چھُ غلام احمد تہِ اژان۔

''کیٛاہ حٕض ڈٕلیل گٔیہِ أمِس تھٕنزِ نوکرانہِ۔''

''أمِس حٕض چھِ برادرس ڈٕیتھ گامٕژ۔''

''کٔتہِ؟''

''خبر حٕض یہِ کٔتہِ روزان۔'' غلام احمدن کٔر کتھ ژٕھنٛچ کوٗشش۔

''خوش خبر بوٗزتھٕ حٕض جناب! مُجیب عرف سلطان چھُ پُلیسن از اینکاوُنٹرس منٛز مورمُت۔''

''پُلیس نٕے یوت ہا؟''

''ہانہ حٕض، کمہٕ حٕض کتھٕ چھُکھ کران۔ سی آر پی ایف تہٕ ٹاسک فورس حٕض اوسُکھ ستۍ۔ دٕپھ حٕض لڑے سپاہی نام ہووے افسر کا'' اتھ پیٛٹھ چھِ سٲری اَسُن ترٛاوان۔

''مگر اوسُے حٕض خطرناک مِلی ٹینٹ۔ سرکارن حٕض اوسُے پٔنژہ

لَچھ روپیہِ أمِس پیٹھ یَنامہِ تہٕ تھووُمُت۔ پتٕ مسوٕ دوٕیو ژورَو ؤرِیَو پیٹھ اوس یہِ دوٕہے خبرن منٛز آسان۔"

"ؤلہٕ حض پنٛنۍ بلاے آیس۔"

"پرٛ بتھ کانٛسہِ چھےٚ یِوان، أ کس ازتہٕ بیٚیس پگاہ۔"

صحب اوس یمہِ سارے کتھہٕ بوزان، کُنہِ تہٕ کتھِ اوس نہٕ جواب دِوان تہٕ نہ اوس واش کَرُن یَژھان۔ أتھی منٛزوٕ تھا اکھا افسر:

"یہِ اوس نہ حض تھٕنٛد لَرٛکہ۔"

"آ۔ میانہِ گوڈنچہِ زنانہِ ہُنٛد۔"

"تِم کتہِ چھِ؟"

"سو چھےٚ مالِیُن گأمژ کینٛژن دوہن خأطرٕ۔"

"او......" بأ ژزِ چھِ اکھا أ کس کُن وُچھان تہٕ پارٹی چھےٚ وارِ وارِ اندرٕ اِختتامس کُن لمان تہٕ نیٚبرٕ روٗٹ رشیدن پرٛائیوَیٹ سوموٗ کرالیس پیٹھ تہٕ واتنأوِن موج گام۔ گامس منٛز اوس نہٕ گاڑی ہیتھ اژنک سوالے۔ تمام کٔشیرِ ہِنٛدی لُکھ زن أسی ژٔسِتھ آمتی۔ پرٛ بتھ طرفہٕ أسی أِہنٛدی نفر، پرٛ بتھ طرفہِ أس أہنٛدے جِنازِ چ گتھ۔ رشیدن کٔر ہمت تہٕ منٛزی منٛزی واتنأوِن موج رِتھ تام پأٹھی جنازس نِش۔ جنازس نِش وأتِتھ لِتھوٗ ماجہِ پان۔ سأرِے گرٕ دتہٕ میٛژ بٔرِن گلس۔ تٕہنٛدِس توبوٗ دس کٔرِن مَہہ تہٕ میٹھی۔ انِکھ بُتھِ بُتھِ تہٕ وبدا کھ دِتِن مگر سُہ بوے کتہِ کرِہس گتھ۔ تمی أس

خاموشی اختیار کرٕمٕژ۔ موج تٕجھ زورٕ تہٕ ژاًنِکھ اندر۔ رشیدٕ رٕوٗ دأتی توبٕوٗ دس مُدے گنٔڈِتھ وُچھان۔ اُمِس اٗسی ہٕتہٕ بٔدی سوال اٗندرٕ ووتھان، یِمن ہُنٛد جواب سُہ پننِس مامس نِش بوزُن اوس یژھان مگر مام اوس واریاہ دوٗرٕ ژٕومُت۔ تہٕ اٗتھی ستی دوٗرٕ ژٕووٗ جنازٕ تہٕ ووت پننِس منٛزِلس پٮ۪ٹھ۔ قریب قریب اِوس اکھ لچھ لٕکہٕ جنازس منٛز شأمِل۔ پٕژ بتھ طرفہٕ اٗسی زندہ بادنعرٕ گژھان تہٕ یِیلِہ سُہ مٮ۪ژ منٛز سووٗ کھ، تمہٕ وِزٕ گےٚ گولِہ ٹاس پأژٕ مرٕ تہٕ۔ یِہ توٚر نہٕ فِکرِ زِکمی چلاوتہٕ کتھن چلاوِن۔ بہرحال، لیس مرُن اوس سُہ مٕوٗد۔ شاید موکلیوٗ تِہنٛدِ خأطرٕ سوٗرے عذاب۔ نہ دگ، نہ دود، نہ سوٗنچُن، نہ پریشأنی، نہ فِکر تہٕ نہٕ خوف۔ اکھ عجیب عالم گوٚو تِہنٛدِ خأطرٕ زِندٕ مگر اکھ عالم مٕوٗد تِہنٛدِ خأطرٕ یِم پتھ گُن رٕوٗدی۔ شاید ترٕوٗ تمی تِہنٛدِ خأطرٕ سوٗرے دود تِہ تہٕ دگ تہٕ۔ رشیدٕ ژاو واپس، موج وُچھن برابر ودان تہٕ لس اٗندی پٮ۪کٕر اٗسی ووٕنی لگ بھگ سأری بِہتھ تہٕ سلیمہٕ تہٕ اٗس نِکھے ژوٗہرِس شرٕس کوچھِ منٛز ژٕتھ۔ رشیدس پٮ۪یہٕ سلیمس گُن نظر تہٕ سوٗ اٗس مُدے گنٔڈِتھ نٮ۪چوس وُچھان تہٕ گوٚو پٕژ بتھ کأنسہِ ہٕنٛدی وبدا اکھ بوزان۔ تس اوس نہٕ اُچھن منٛز یا بتھس پٮ۪ٹھ کانٛہہ افسوٗس۔ دوہ یِیلِہ اند ووت تہٕ لٕکھ پننِن پننِن گرن دٕژاے، رشید گوٚو سلیمس نِش تعزیت کرنہٕ خأطرٕ۔ تمہٕ تُل کلہٕ تھوٚد، رشیدس گُن وُچھِتھ پھیرِ تس اُچھن منٛز اکھ مسرت۔

"یِہ سپُد، تمٮ۪ک چھ مے سٮ۪ٹھاہ افسوٗس۔"

’’مگر رشید صاأب! مےٚ چھُنہٕ کانْہہ افسوٗس۔ ئہ اُٗسس واریاہو وٗریو پیٹھٕ یَتھ دوہس پرٛاران۔ سٟٹھاہ انتظار کرنہٕ وٗنس ئہ تیٚمی دوہن۔‘‘

’’سلیمہ! یہِ کیٛاہ چھکھ ژٕ ونان۔‘‘

’’ئہ چھُس پرٛ ونان رشید صاأب! ئہ گئیس نہٕ از موٗنڈ، ئہ اُٗسس واریاہ کالہٕ پیٹھٕ پژھے، بےٚ رنگ، بےٚ معنے زنانہٕ۔ آ......از گیہِ اکھ کتھ ضروٗر زِ مےٚ آوڈ یکس بیوہ لفظ مرنہٕ۔ بس یتےٚ گوٚ واز۔‘‘

’’ووٗنی گژھِ ہمت کرٕنی۔ تیٚمس پنٕنس اولادس کُن وُچھن۔‘‘

’’اُمی سٟے وُچھِتھ چھُس دوہ دوہ کڑان۔ نتہٕ کیٛاہ چھُ مےٚ نِش۔‘‘

’’مےٚ چھُ اُزی واپس وَسُن، موج روزِ ووٗنی تامتھ یێتی۔‘‘

’’از روٗزِو۔‘‘

’’نہ۔ ازنہٕ......‘‘ رشیدٕ چھُ یہِ وٗنِتھ تھوٚ دووتھان۔ ماجہِ نِش چھُنہٕ بہران گرٛھنس تِکیٛازِ تتہٕ چھُ وُنہٕ بدلے عالَم آسان۔ درواز نیران چھُ یہِ سوٗنچان زِ اُمس ماجہِ نہٕ چھُنہٕ کانْہہ سوکھاہ تقدیرس لیکھِتھ۔ گرِ اُس موہنوٗی کارکران تہٕ ییتہٕ چھےٚ بچاأرٕ جگرس پیٹھ داغ ہتھ وَچھ زیٹان۔ ماجہِ ہنٛز حالتھ وُچھِتھ گوٚ ورشیدس خبر کیٛاہ۔ تس آیہِ اُش گنڈ۔ سُہ ووت دورِ سڑکہِ پیٹھ۔ گاڑِ ئرن لٹھ تہٕ ووت شہر۔ امہِ دوہہ کھیوٚ وُنہٕ دوشہٕ یو بھاأے بارنوٚ کھنٛی تہٕ دوشوٚ ے شوٚنگی اُکی سٟے کُٹھِس منٛز۔ دوٚیٕنی منٛز سپٕز کینْہہ دُنیاٗوی کتھ باٚتے

رۄدۍ دۄشوَے أندری اکھأ رکس سوال کران تہٕ جواب ژھانڈان۔ یِیلہِ گاش آو، مجید صاٗب اوس وزا اُمت۔ تِہنز تسبیح أس دارِالاثرِ مگر وُنہِ أس تتھ حرکتھ باقے۔ سُہ وۄتھ تھوٚد تہٕ تسبیح وُچھن سبٹھاہ نزدیکی سان۔ تس باسیوٚ وَزِ اِمچ یہِ حرکت زن چھےٚ تس پانس کُن بُلاوان۔ تِمۍ کُر اتھ تھف۔ تس باسیہِ مجید صاٗبنۍ گرمی وُنہِ تہٕ امہِ کنِن دانن منز۔ تامتھ گیہِ مُشیدِ منز بانگ۔

رُشیدن کوٚر بسترس تِہہ۔ اتھ بتھ چھوٚلُن تہٕ پٔرن نماز۔ نمازِ پٔرتھ ژاو دلنہٕ کُٹھس تہٕ بناوِن پانس رکٕژ چاے تہٕ وزاو..... کوٚت تہٕ کیاز..... تہٕ أس نہٕ تِمس تہٕ پَے۔ أہندی مالی اوس پزٕ بتھ کانہہ رِشتہٕ ژۄ ٹُمت۔ نتہٕ اوس تس فرض ہوُور گژھن مگر کمہِ بتھِ۔ تِمن اوس پوٗرٕ احساس گوٚمُت زِ یہِ چھنہٕ سُہ لیس تِموکوٗر دِژہمژ أس۔ ویسے تہٕ ہیکہِ ہے نہٕ یہِ تور کھٕسِتھ تِکیازِ أمۍ سُند تتہِ زندٕ واپس وُسن تہِ اوس ناممکن۔ خاٗر، وخ گوٚو پزٕ بتِھ کانہہ کتھ رقم کران تہٕ وونۍ کیاہ چھ اتھ کہانی منز سپدن وول، تِمۍ أس تیاٗری سپدان۔ امہِ دوہن شامن ووت رشید فتح کدل تہٕ آنگنہٕ وُنۍ رکنی کوٚڈُن سُہ مکانہٕ بدِ، یوٚت تمہِ دوہہ سُہ واتہٕ ناوِیوٚکھ۔ از اوس نہٕ لتہٕ کہنۍ، صرف سُے نوجوان رائفل بزٕونہہ کنہِ تھاوِتھ زن تہِ أمۍ ہے پژاران۔ رشیدس باسیوٚ وَزِ یہِ گژھ نہٕ مجاہد آسُن، یہِ گژھ کانہہ فقیر آسُن، لیس یہِ پَے چھےٚ زِبہ یمہٕ۔

رشیدن یتھے کھور اندر تھوٚوَ، نوجوان وۄتھ تھوٚد:

''وٕلِو بہٕ اوسُس تو ہی پرٛاران۔''

''مگر توہہِ کتھٕ اُس پیَ زِبہٕ یمہٕ از۔''

''طوٗ فانک اطلاع چُھ ژیٚنن والین گوڈٕے میلان۔''

''بہٕ آس از رائفل نِنہٕ۔''

''مےٚ چھےٚ تیار تھأوٕمژ۔ مگر ظأٔلم آوا توہہِ اتھہٕ۔''

''آ''

''مےٚ چھِ پیَ زِیہِ ظأٔلم کُس چُھ۔ مگر پگاہ ییٚلہِ ژٕ سُہ ظأٔلم مارِہَن، پرٕ ژٕھ گأر لگہِ زِیہِ رائفل کَتہِ آیہِ۔''

''سُہ گوٚو تیٚلہِ، ییٚلہِ بہٕ کأنٛسہِ اتھہِ یمہٕ۔''

''چون مطلب چھا جُرم کرِتھ نیرکھ ژٕ تہٕ واتکھ کُنہِ سیف جایہِ۔''

''بہٕ یمہٕ یوٚتےٚ۔''

''نہ۔ یہِ چھنہٕ سو جاے یوٚت ژےٚ یُن چھےٚ۔ بہٕ ونَے ژےٚ ژٕ کوٚت گژھکھ، مگر اکھ شرط چھےٚ میٚون۔''

''خبر کیاہ؟''

کُنہِ تہِ صوٗرتس منٛز گژھہ نہٕ یہِ نُٕن زِیہِ رائفل دِژٕے ژےٚ مےٚ۔''

''کینٛہہ تہِ گژِھتن، تہِ ننہِ نہٕ کأنٛسہِ، یہِ یقین کرِ دتو ہٕ مےٚ

پیٹھ۔"

"تمی یقینہٕ ژھونڈ مکھ ژٕمے۔ بہٕ گُس چھس، تہٕ چھیے نہٕ ژٕے پَے، تہٕ زانُن تہِ چُھنہٕ ضروٗری۔ اسہِ چُھ کُنے مقصد، ظُلمس خلاف جہاد کرُن۔ ظالِم ہیکہِ کانٛہہ تہِ آستھ...... مول تہِ۔"

رشیدٕ ییٚتھے مول لفظ بوزان چُھ، سُہ چُھ ستو اسمانو بون یِوان لایِنہٕ۔

"توہہ کتھ پاٹھی چھےٚ پَے زِمیون شِکار چھ میون مول۔"

"امہِ علاوٕ تہِ چُھ مے واریاہ پَے، فی الحال نیر ژٕ وُنکین مگر سعٹھاہ احتیاط سان۔ کوچو کوچو وٲتی زِ گرٕ۔"

رشیدٕ چُھ رائفل بیٚنہٕ بران تہٕ کھوٗژی کوچو تہٕ نمبلو منٛزی پکھی پکھی گرٕ واتان۔ گرِ چھ سُہ رائفل بوٗنہٕ کنہِ کُس طاقچس پیٹھ تھاوان، یورٕ نہٕ کانٛسہِ نظر چھِ واتان۔ اَمنٛز یہِ راتھ چھےٚ سعٹھاہ تذبذُبس منٛز گذران۔ یہِ چھ یِہنٛدِ مرنچہِ بہترین گرِ ہُنٛد انتخاب کران۔ دونوے چھِ دوہلہِ اکہِ بجہِ لٔنچس یِوان تہٕ سُے وخ چھ بہتریم ختم کرنس۔ امہِ پَتہٕ تہِ چھِ وارِیاہ خیال رشیدس یِوان، یِتھ منٛز پُلسہٕ سایٔرن، جیل، پھانسی، اخبارن منٛز خبر، وارِیاہ کینٛہہ چُھ۔ رشیدٕ چُھ ذہنی طور امہِ خاطرٕ تیار آسان۔ شامن چھ سُہ مجید صابس بَتہٕ شیٖہران تہٕ سُہ چھ سعٹھاہ پُر اسرار پاٹھی رشیدس وُچھان روزان مگر رشیدس چھنہٕ امہِ کتھِ ہُنٛد کانٛہہ شک گژھان تِکیازِ سُہ چُھ پننو خیالو آوُرمت آسان۔ دوٚیم

دوہ چُھ شروع گژھان، اختابہٕ چُھ پننہِ وختہٕ کھسان۔ پننہِ وختہٕ چھےٚ مُشیدِ منزٕ بانگ گژھان۔ تہٕ پننہِ وختہٕ چُھ رشیدٕ چاے ژوٗٹ کھوان تہٕ نیران۔ نیرنہِ وِزِ چُھ رَفلہِ (رایَفلہِ) نظر دِوان تہٕ سوٗنچان زِتس تکیا یہِ چلاوِنی۔ یِنہٕ عانہِ موٗقس پیٹھ فیل گژِھ تہٕ مول واپس پستولہٕ ستی گوٗلی چلاوِ۔ یہِ چُھ رَفلہِ (رایَفلہِ) چِیک کران، مگر زیادٕ چھنہٕ اتھ ہبکان یہِ کینٛہہ کرِتھ۔ یہِ چُھ رَفل (رایفَل) بیٚیہِ أتی تھاوان تہٕ نیران۔ اکھ بجے بأگی چُھ رشیدٕ سبٹھاہ تیزی سان گرٕ واتان۔ نیٚبرٕ کنہِ پُلسہٕ جیپ وُچھِتھ چُھ تس احساس گژھان زِ مول تہٕ وورٕ موج چھِ أعتی۔ یہِ چُھ دورِ اندر اژان تہٕ رَفل (رایفَل) کرٕنچ کوٗشش کران مگر لتہِ چھےٚ رَفل (رایفَل) غأب آسان۔ أمِس چھےٚ وِسوأسی پھٹان۔ یہِ چُھ دورِ ہیوٚر کھسان۔ ہیٚرِ چھےٚ بِلکل خاموشی۔ یہِ چُھ وارٕ وارٕ قدم تُلان تہٕ کمرس نش گن دِوان۔ کانٛہہ آواز چھنہٕ یِوان۔ یہِ چُھ وارٕ وارٕ درواز مُژران تہٕ لتہِ چھبس لاشن پیٹھ نظر پیوان تہٕ رَفل (رایفَل) چھےٚ ٹیبلس پیٹھ آسان۔ دوٚنوے لاشہٕ وُچھِتھ چُھ رشیدٕ حأران گژھان زِ یِم قتل گٔمی کٔری۔ یہِ چُھ سوٗنچس گژھان تہٕ أتھی منزٕ چھےٚ بانگ گژھان۔ تہٕ رشیدُن ذِہن چُھ بِلکل صاف گژھان۔ مجید صأبُن خیال یِتھ چھُس بُتھِس پیٹھ اسُن یِوان۔

"بڑٕ چالاک دزٕ اکھ، میٚون یقین تہِ تھوُوتھ برقرار تہٕ ظأُلم سُند سزا تہِ برقرار۔"

رشیدن ہیوٚت واپس نیرُن مگر وزملہٕ ہٕنٛدی پاٹھی آو تسٕنٛدِس دیماغس منٛز زِ مجید صائبس رٔٹہٕ ووٚنی پُلیس، تس ٕنن جیل۔ تہٕ توہنٛد جیل گرُھن آسہٕ تتھ سأری ہےٚ فلسفس پھبش، یہ سہ وُنیٚکتام ممبرٕ پیٹھ لکن ونان آو۔ "نہ نہٕ بہٕ دِمہٕ نہٕ یہٕ بزم پھٹٕنہٕ۔" رشیدٕ چھُ پانس ستی فاصلہٕ نِوان۔ رائفلِ اتھس کیتھ ٹلان۔ دونٕوٕنی لاشن نفرؔ تہٕ سان وُچھان تہٕ پُلسس فون کران......

اَمہٕ پتہٕ کیاہ چھُ سپدان، تہٕ چھُ صاف۔ رشیدٕ چھُ گرفتار سپدان۔ تس ستی چھےٚ سورفل (رائفل) تِہ ضبط سپدان۔ پرٕ ژھ گأر چھنہٕ قتلس پیٹھ تیز سپدان، ییٚزاہ رفلہٕ (رائفلہٕ) پیٹھ سپدان چھےٚ۔ اخبارن تہٕ ٹی وی چینلن منٛز چھےٚ یہٕ خبر واریاہن دوہن سُرخی بنان۔ پُلسہٕ افسرتہٕ تِہنٛز آشنہٕ ہُنٛد مرُن چھُ سأرِ ہےٚ شہرس بحثہٕ خأطرٕ اکھ نوٚو موضوع دِوان۔ اُڈی چھِ رشیدس مجاہدونان، اُڈی چھِ تس ماجہٕ ہُنٛد نیک گوٚبرقرار دِوان۔ تہٕ اُڈی چھِ تس قاتل مانان۔ مگر زیادٕ ترلوٚکن ہنٛز ہمدردی چھےٚ رشیدس ستی آسان۔ موج بچأرتہٕ چھےٚ گامُک دوکھ اُتی تزٔ اُتھ گرٕ واتان تہٕ اَتہٕ رٕنس تہٕ سونہٕ ودان۔ بدقسمتی ماجہٕ ہنٛز یہٕ زِ پانس پیٹھ ظُلم کرن والی ہنٛدِ خأطرٕ چھےٚ سو وبداکھ دِوان۔ سو چھےٚ ؤدی ؤدی اُچھن ہنٛدی ژأنگی ژھیوٚراوان۔ تہٕ دوٚیمہٕ طرفہٕ چھُس دِل رشیدنہٕ خأطرٕ باکہٕ ژھٹان۔ تس چھےٚ پےٚ آسان زِ رشیدن کوٚر یہٕ سورُے بس تِہنٛد خأطرٕ۔ مگر توہنٛد

مُشکل اوس یہِ زِتمہِ وُچھ نہٕ توہنٛد بُتھ تہٕ پتہٕ۔ قونُن گوٚو پنٛز کأم کران تہٕ قونُن چُھنہٕ کانٛسہِ ہنٛز مجبوٗری سمجھان، نہٕ ہمدردی زانان۔ رفلہِ (رائفلہِ) ہنٛز پوٗچھ تاچھ چھےٚ سیٹھاہ اہم۔ رفلہِ (رائفلہِ) ذریعہِ اوس پوٗلیس اکھ بیٛاکھ اینٛگل پاڈ کرُن یژھان۔ مگر رشیٖد روٗدٕ اکی سے کتھِ تھف کٔرتھ زِ یہِ رفل (رائفل) اُس مالی أنی ہٕنٛز خبر کتہٕ تہٕ تھاوٕمٕژ أسن کمرس منٛز۔ یہِ سورُے اوس پُلیس خلاف گژھان تہٕ اوٚ کٔنہ ژٹ پُلیسن رائفلہِ ہنٛز گتھ تہٕ یہِ چیٚٹر کوٚرُکھ اِنوسٹگیشن (Investigation) منٛز غأیب۔ بہٕ تہٕ ترٛاون یہِ چیٚٹر ییٚمہِ ناولہِ منٛز، تِکیاز زِ اسہِ چھےٚ پَے، یہِ کتہٕ آیہٕ تہٕ کیاز آیہٕ۔

رشیٖد چھ سینٹرل جیل سوزنہٕ یوان تہٕ قتلُک مُقدمہٕ چھ عدالتس منٛز چلان۔ رشیٖدس چُھنہٕ زندگی ہتی کانٛہہ تہِ لگاوٕ آسان تہٕ نہٕ چھ سُہ کُنہِ سزاہس کھوژان تِکیاز زِ امہِ خاطرٕ چُھ أمی واریاہ کالُک پٔنُن پان تیار آسان کوٚرمُت۔ شاید لوکچار پیٹھے ، ییلہِ مول بلبٹ کھولان اوس تہٕ پتہٕ الوگذ ترٛاوان اوس۔ جیلچہ کوٹھرِ منٛز چھ رشیٖد بس پتہٕ مس پھیٚر دِوان تہٕ دوہ کڑان۔

اکہِ دوہہ چھ رشیٖد بس پننس پتھ کالس متعلق سونٛچان زِ پُلسہٕ وول چھ أمس ونان زِ ژےٚ چھےٚ کُستام سمکھنہِ آمُت۔ رشیٖد چھ خیالن ژھبن دِتھ نبر نیران۔ نبرٕ چھ مجیٖد صاٰب آسان۔ مجیٖد صأبس چھِ واریاہ

لُکھ پَتہٕ پَتہٕ آسان مگر تمن چھِ دروازس پیٹھے رُکاوان تہٕ مجید صأب چھُ گُنٔے زۆن اندر اَژان۔

"کیاہ حض بأے لالہ وارٕے چھوا، موج چھا وارٕے۔"

"سأری چھِ ٹھیکھ مگر بہٕ چھُس نہٕ ٹھیکھ رشیدا!"

"خبر کیا زِ بأے لالہ، خوداے دِیِن نجات، کینٛہہ تکلیف چھا؟"

"تکلیف چھم روحس، عذاب چھم تمہِ دُہک بڑ وٛنہہ گنہِ، ییٚلہِ سٕہ پرٛژھم زِ قتل ہے ژٕے کٔر رُتھ، سزا کیا زِ ژٕل چأنی بأے؟"

"جُرم کٔر رُتھ نہٕ ژٕے بھأے لالہ، یہ جُرم چھُ فقط میٛون۔ تتھ چھُ وجہ زِ چأنِس دِلس منٛز تہٕ ژٕون میٚے یہ خیال۔ ژٕ اوسکھ امہِ نِش دۆر۔ سبٹھاہ دۆر۔ تِکیا زِ بہٕ چھُس زانان زِ ژٕے یوسہٕ وَتھ اختیار کٔرمٕژ چھیٚے، سو چھےٚ رِژٕرٕچ، سو چھےٚ عِرفانٕچ، سو چھےٚ نجاتٕچ۔ مگر تمہِ باوجوٗد گوکھ ژٕ مجبوٗر تہٕ سورٕے زِندٕ تھاونہٕ خأطرٕ، یہ ژٕ ہیچھناوان چھُکھ، یہ ژٕ لوٗکن ونان چھُکھ۔ ژٕ گوکھ مجبوٗر بییہٕ میانہِ خأطرٕ زِ مےٚ پھُٹہِ برٛم، مےٚ ماو وتھِ اعتقاد۔ سزا اوس تمن تُلُن، بہٕ بنیوس تمیُک وسیلہٕ۔ ژٕ چھُکھ نہٕ اتھ منٛز گُنٔے۔ ژٕے ژٕتھ فقط رفل (رائفل) اتھس کنتھ، سوچ اوس میٛون، فِکرٕ اُس میأنی تہٕ سوال تہِ اوس میٛون۔ اِد موکھ مہ گژھ ژٕ پریشان۔ میٚے کٔر جُرم تہٕ سزا تہٕ چھُ میٚے تُلُن۔ یوہے چھُ اصوٗل۔"

"سبٹھا بجہِ کتھ چھُکھ کران۔ بہٕ چھُس دوہس راتس تبلیغ کران

مگر یُتھ سوچ چھُس نہٕ ہبکان پاٲلِتھ۔"

"بٲے لالہ ژٕے چھے ووٚنی کیٚنہہ بنٛدِشہِ، ژٕ ہیٚکھ نہٕ تِمن بغاوتھ کٔرِتھ، تِکیازِ تِمَے بنٛدِشہِ چھےٚ چانٛی پہچان۔ ژٕے چھے اکھ وجوٗد۔ ءٔہ...... ءٔہ چھُس نہٕ کہنی۔ آس تہٕ گوس۔"

"نہ...... تہِ چھُنہٕ! ژٕ چھُکھ واریاہ کیٚنہہ، ژٕ چھُکھ عمل تہٕ عملے چھےٚ سوٗرُے۔ پوٚز ہے بوزکھ، نجاتچ وَتھ پرٛاوِتھ ژٕیے، ءٔہ چھُس تِتی ییٚتِھن اوٗسُس۔"

"نا بٲے لالہ، مےٚ ہاوُ چھہٕ نوٗر چانِس بُتھِس پٮ۪ٹھ، مےٚ ہا چھےٚ پَے ژٕ کتھِن چھُکھ۔ توٚے چھُس ءٔہ ییٚتہٕ۔ عملہِ کھوتہٕ چھُ ہمیشہِ سوچ تھوٚد۔"

"مگر ییٚتہِ چھُکھ عمل تہِ ژٕے تہٕ سوچ تہِ ژٕے۔ تتہِ اوس سوچ اٲکی سُندٕ تہٕ عمل بیٚیہٕ سٕنز۔"

"کتھو بٲے لالہ؟"

"مہابھارت کِس جنگس منٛز، کرشن تہٕ ارجن...... سوچ تہٕ عمل۔"

"بھٲے لالہ ژٕے کوتاہ چھےٚ علِم۔ ژٕے کوتاہ چھےٚ ذہن وسیع گوٚمُت۔ ءٔہ اوٗسُس سوچان زِ ژٕ چھُکھ بس اسلٲمی تٲلیم زانان۔ مگر ژٕے چھُتھ واریاہ مطالعہٕ کوٚرمُت۔"

"پرٛتھ کانٛہہ علِم چھُ ضروٗری۔ تہٕ پرٛتھ کانٛہہ علِم چھُ توحید کُے

پأغام۔ چانٔہِ خاطرٕ چھےٚ مےٚ یہِ تسبیح أنٕۍ مژ۔ یہِ گرِٕژھ پھِرٕنی۔ پیٚیہِ چھے یہِ قُرانِ شریف، یہِ تہِ گرِٕژھ پرُن، اُخرت آسہِ اِنشااللہ دُرُت۔''

''یہِ چھاوعدٕ بأے لالہ، بٔہ چھُسَے تتہِ حوالہٕ، مےٚ چھے نہٕ پٔنٕز کہنٕز پےَ۔''

''یہِ چھُس بٔہ پننِس اولادس ستۍ وعدٕ کران زِ بٔہ تھاون سُہ پننِس پرٕ بتھ دُعاہس منٛز یاد۔ بیہہ خو دالیس حوالہٕ۔''

مجید صاب چھُ نیران تہٕ رشیدٕ چھُ واریاہس کالس تس پوٚت ژھایہِ وُچھان۔ تس چھُ باسان زن تہٕ اوس خبر کُس ہیرِ پیٹھےٚ ووٚتھمُت، خبر کُس فقیرٕ اُمِس نِش آمُت تہٕ اُمِس زندگی ہُند سبق وٕنتھ واپس وژ امُت۔ رشیدٕ اوس بھأے ہٕنزِس خیالس ستۍ زِ پُلسہٕ وول آونز دیک تہٕ پرٕژھنس۔

''یہِ چھا حضٕ توہہ بوے؟''

''آ...... یہِ چھُ میٚون بوے...... میٚون مول۔''

''دَپان حضٕ یہِ چھُ سبٹھاہ تھوٚد مولوی۔''

''آسہِ ما، مگر مےٚ نِش چھُ سبٹھاہ تھوٚد بوے۔''

رشیدٕ ژاو قُرانِ شریف تہٕ تسبیح ہیتھ واپس پننہِ کوٹھرِ منز۔ تہٕ أمی سوٚنچ زِ أمِس میٚول ووٚنۍ مقصد۔ ووٚنۍ ہیکہِ سُہ آسأنی سان جیلکی وٕری گُزٕرتھ۔ تکیاز زِ زندگی ستۍ اُس تس مأے موکلیمٕژ۔

کیس گوٚ وچلان، وَخ گوٚو ویٚتھِ ہنٛدِ آہکی پاٹھی پکان۔ رشید تہٕ ہیوٚتُن ووٚنی جسمانی طور کمزور گرُھن۔ مجید صاب رُوٚدووٚنی مُشیدِ منٛز کھُلم کھُلا تِہتھِس جُرمس متعلق کتھ کران تہٕ وَنان زِ ظُلمس خلاف ٹُلنہٕ آمُت یہٕ قدم ہسکون نہٕ گوناہ مانٛنتھ نہ جُرم۔ یہٕ چھُ اکہِ قسمُک جہاد۔ یہٕ تأویل گیہٕ واریاہن پریشان کران، مگر کانٛہہ اوس نہٕ مولوی صائبس خلاف کینٛہہ بولنس تیار، تکیاز مولوی صابن اوس ووٚنی سبٹھاہ تھوٚد قدرٕ ووٚمُت تہٕ اُمس خلاف بوٚلُن یا اُمس پیٹھ اوٚنگُج ٹُلنۍ اوس نہٕ آسان۔ اُتھی منٛز کوٚر کورٹن رشیدنہٕ خاطرٕ پھاسہِ ہُنٛد سزا مقرر۔ یِیمہِ دوٚہن پھاسہِ ہُنٛد سزا بوزناونہٕ آو، تمہِ دوٚہن اُس عدالت برٕتھ۔ مجید صاب تہٕ اوس واریاہن لُکن ستۍ اتہٕ یہتھ۔ سزا بوٚزِتھ وۄتھ سُہ تہٕ ووت مُشیدِ منٛز تہٕ رُوٚد واریاہس کالس بند کمرس منٛز۔ تہٕ پتہٕ ییلہِ اُنٛدرٕ درٕاو، تمہِ وِزِ اُس تس بُتھِس پیٹھ چمک، تسکین۔

سلیمہٕ تہٕ اُس اَمہِ دوٚہن پننِس نیچوِس ستۍ عدالتس منٛز تمہِ تہٕ ییلہِ سزا بوٚزتہٕ سو وأژ سینٹرل جیل رشیدس ستۍ مُلاقات کرنہٕ۔ رشیدن یُتھے سلیمس گُن وُچھ، تس آو اوٚسُن۔

''اَسان گژھ پیٹھ چھکھ رشید صاب!''

''پننِس سزاہس پیٹھ۔ ووٚنی چھُ کمہٕ ہے کالس یہٕ سزا ٹُلُن۔ پتہٕ میلہِ آزأدی، مکمل آزأدی۔''

''مگر تہنٛد خاطرٕ کیاہ، ییم پتھ گُن ترٛأوِی وُٚکھ؟''

''موج بچأرِ چھےٚ ویسے تہٕ مےٚ موٗ دمُت سمجھان۔ رؤ دسوال مجید صائبُن، سُہ چھُ خوداین ووٗنی سبٹھاہ ہوشمند کوٚرمُت۔ سُہ کرِ سمجھوتہٕ۔''

''ییمِس متعلق کیاہ سوٗنچو؟'' سلیمن ہووُلتس پننِس نیچِوس کُن اِشارٕ۔

''یہِ بچہٕ رچھ گوڈٕے یتیم مگر سَتھ چھِس زِژ چھکھ اُمِس ستی۔''

''یہِ گژھ ووٗنی یتیم۔''

''سلیمہ!؟''

''آ...... یہِ چھُ چون اولاد۔ ژےٚ چھیہِ امیُک علِم کِنہٕ نہ، مگر میون فرض چھُ اُمِس پنُن مول ہاوُن۔ پگاہ بخشنہٕ مےٚ وخ، تہٕ نہ بخشم یہِ۔''

''سلیمہ'' یہِ وٗنتھ چھُ رشید ٹاس گرِتھ بون یِوان لاینہٕ۔ییلہِ تس ہوش چھُ یِوان، سلیمہٕ چھےٚ دزِ اِمژ آسان تہٕ تس بزٕ وٗنہہ کنہِ چھِ تِسندِس شُری ہنز موصوم شکل آسان۔ ووٗنی چھُ زن تس زندگی ستی لگاوُپاُدِ گژھان تہٕ سُہ چھُ زندٕ روزُن یژھان تہٕ وومید چھِس باقٕے زِ بجہِ عدالژ منز گژھِ توہند سزا کم۔ مگر تہٕ چھُنہٕ سپدان۔ تس چھُ سزاے موت برقرار روزان۔ تہٕ تارِیخ تہٕ چھُ طے سپدان تہٕ طے وختہٕ مطابق کوٗھس کھسان۔

''پھانسی روک دو۔'' جیلرس چھُ اُسہٕ منزٕ ہکہٕ نیرتھ ژلان۔ رشیدنس خیالن ہنزٕ ہانکلہِ تہٕ چھُ ژھٕبن لگان۔ ویسے اَمہِ پتہٕ گژھِ ہے تہِ کوٚت، تِکیاز یہِ ہوے اوس تِمہنزٕ کہانی ہُند اِنتہا۔ رشیدنہِ بُتھِ پیٹھ چھُ

کرِہٕن نقاب تُلنہٕ یوان۔ رزٕ چھےٚ ہٕٹس منز کرٕنہٕ یوان۔

''مبارک رشید صأب! ۲۶ جنوری کس سِلسِلس منز چھ پانٛژن قٲدیَن ہٕنٛد سزاے موت، عمر قأدس منز تبدیل کرنہٕ آمٕت۔ توٚہۍ چھِوٕ تِمو منز اکھ۔ توہہِ چھُ مبارک۔ نوِ زندگی ہٕنٛد مبارک۔''

''جیلر صأب ہیٚیہِ سُے مأنٛی سُنٛد بلبٹ کرُن تہٕ پتہٕ اویزان تھاوُن۔ میٲنٛی زندگی کیٛاز گیہِ اُتھی اَنٛدی پکٕیٖ قأد۔ یہِ سزا مےٚ تُلُن چھُ آسان، تہِ چھس تُلان تہٕ پتہٕ چھےٚ مےٚ معأفی دِنہٕ یوان۔ مےٚ بوگ موت۔ مےٚ ژأج اچھ دَگ، اَچھ پھِن، ئہ موٚدُس۔ تِہنٛزن کتابن منز نہٕ، جیل ریکاڈس منز نہٕ، پتہٕ حقیقی کتابہِ منز موٚدُس ئہ از شیٚیہ بجہٕ تہٕ مےٚ چھُنہٕ یٖیمہِ اوٚ رزندٕ روزنُک کانٛہہ حق مےٚ چھُنہٕ تِہند یہِ فأصلہٕ منظوٗر۔ کالہٕ آسہٕ ئہ پھاسہِ ہنٛز دَگ وتران تہٕ از آسہٕ زندگی ہُنٛد جشن مناوان۔ نہ جیلر صأب! مےٚ چھُنہٕ یہِ فأصلہِ منظوٗر۔ توہہِ چھُنہٕ پَے امہِ ستہٕ کیٛاہ چھُ سپدان۔ کأنٛسہِ چھاپَے کیٛاہ چھُ سپدان۔ تس جِس چھاپَے، تس وکیلس چھا پَے؟ پَے چھِ مےٚ، پَے چھِ میٲنٛس دِمباغس۔ میٲنٛس یتھ جِسمس، یُس لحظٕ پتہٕ لحظٕ موٚد۔ مےٚ چھُنہٕ یہِ فأصلہٕ منظوٗر۔ I should be hanged till death. یہِ ونان ونان آو رشیدٕ ٹاس گرِتھ پتھر لاینہٕ۔ جیلر، ڈاکٹر، پُلسہِ وأنٛلی، سأری گےٚ دوران دوران نکھ، مگر رشیدٕ اوس یہِ دُنی یاہ ترٛأوِتھ گومُت۔ ویسے اوس سُہ کرتامُک درٕ اُمت مگر موٚر

اوٗسُس وُنہِ پیٚتی۔ خاٛر، ووٗنی واتہِ سُہ موٚرتہِ پٔنٕنِس منٛزلس۔ ڈاکٹرٕ چھُ أمِس ڈیڈ (Dead) ڈِکلیئر کران۔ نیٚبرٕ چھِ مجید صاأب تہٕ موج أمِس میلنس تیار، تِکیازِ تِمن آو وَننہٕ زِ سزائے موت آو عمر قأدس منٛز تبدیل کرنہٕ۔ پُلسہٕ وأل ژأنی تِم اندر۔ لاشہِ نکھہٕ نِتھ بووٗن تِمن زِ یِہ موٗدنہٕ پھاسہِ ستیٚ ئلِو کِہ پانَے۔ یِہ موٗد پنٕنہِ اعتمادٕ ستیٚ، پنٕنہِ خوٚدی ستیٚ۔

"اِنَّااللّٰہِ وَ اِنَّا اِلَیہِ رَاجِعُونَ" موجی پیٚنَے وَدکھ، میٚون بوے ہے چُھ جنتی، توٚے ہیوٚکھ نہٕ پھاسہِ کوٚڈی ماأرِتھ۔ تِمۍ ہے کوٚر پانہٕ پنٕنہِ موتُک انتخاب۔ تِتھی ہوی لُکھ نَے چھِنہٕ ووٗنی زیوان۔ ژٔے ہَے چُھے مُبارک یُتھ نیٚچو آسنس۔ مجید صاأب گوٚو واریاہ کیٚنٛہہ وَنان مگر ماجہِ زن پیوٚ وُزر۔ تِمہِ یوٗزنہٕ اکھ کتھ تہِ۔ صرف اوٗسُس رشیدُن لوکچار بڑ وٚنٛتھ گنہِ۔ سُہ زن کوچہِ کوچہِ دَوان تہٕ موج تہِ تس پَتہٕ پَتہٕ آلو دِوان۔ اَنہِ گٹٕن کوچن منٛز بس آلو گرٛزان، کُنہِ طرفہٕ نہٕ کانٛہہ اَتھ یِوان۔ بس آلو...... واریاہ آلو......

واریاہن ماجن ہنٛدی ...... لاش آیہِ پوسٹ مارٹمہٕ خاطرٕ ہسپتال واتہٕ ناونہٕ۔ جنازٕ ووٗتھ تہٕ بِسیار لُکھ أسی جنازس منٛز شاأمل۔ تہٕ تِمن منٛز اوس سُہ نوجوان تہِ یمِس فقط رشید صاأب زانہِ ہے، ییٚمہٕ نہٕ کانٛہہ۔ ییٚمہِ گیہِ بانگ، ییٚمہِ گوٚو خطبہٕ شروع، ییٚمہِ آیہِ زندگی واپس پٔترِ پٔتھ۔ تہٕ رشیدٕ بنیوٚ وَپتھ کال۔

......☆......

# PANIEN PAPEN GUNAH

## A Novel

By: Dr. Sohan Kaul

............''أسی ہنگو تہٕ پانہٕ کیٛشہہ تہٕ پیٛرٕ ھتھ۔ سے چھ سوٗرے
زانان، سارٕے حکمت چھِ تس تابع۔ تیٛمس یٛژھان چھ، تس
پیٹھ چھ پننی رحمت نازل کران تہٕ ظالمن ہنٛدِ خاطرٕ چھ بے شک
عذاب۔'' مجید صابن کوٚر قرانِ شریف بند تہٕ تھووٗن واپس
رِحلہِ پیٹھ۔ بِلکُل صاف چھِ اتھ منٛز یمن کتھن ہنٛز ذِکر مگر سوال
چھُ بس اکھ زِ گونہگار کُس چھُ؟ مجید صابس گوٚ وادر کُن تہٕ خیال مگر
سٕتی پییَس موج یاد۔ ''گونہگار چھ واقعی سون مول۔'' یہِ سوٚنچِتھ
کرِ تمی اُچھ بند تہٕ ہٕنٛد رِواتنوٚ خبر کتھ عالمس منٛز۔ یمن سوالن ہنٛدی
جواب ژھاران گوٚ ووخ گُزران۔ دونٕوِی بھاین اوس انتظار زِ
اکہِ نتہٕ اکہِ دوہہ گژھِ دیٛشُمت وعدٕ ضروٗر پوٗرٕ۔ گُستام آدم پیہِ،
یُس تہنٛدِس مائلس سزا دِیہِ تہٕ ماجہِ ظُلمہٕ نِش آزاد کرِ............



Printed & Designed By:
Al Hussain Printers # 9419501129, 9596076141